# کاشِر مثنوی

# اکھ تجزیاتی مطالعہ

ڈاکٹر محفوظہ جان

مرزا پبلیکیشنز
حسن آباد، رینا واری، سرینگر

# کأشِر مثنوی

# اکھ تجزیأتی مطالعہ

ڈاکٹر محفوظہ جان

کتابہِ ہُنٛد ناو : کاشُر مثنوی ــــ اکھ تجزیٲتی مطالعہٕ

مصنف : ڈاکٹر محفوظہ جان

وٗری : ۲۰۰۷ء

موٗل : Rs. 350

تعداد : پانٛژھ ہتھ

کمپیوٹر کمپوزنگ : محمد یوسف میر۔ ٹینگن پانپور

چھاپ : مرزا پبلیکیشنز حسن آباد رعناواری سرینگر کشمیر

ISBN No. : 81-88980-08-0

کتاب میلنگ پتہ:

۱ر مرزا پبلیکیشنز حسن آباد رعناواری سرینگر کشمیر

۲ر کشمیری ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی سرینگر

۳ر کتاب گھر لالچوک سرینگر

Printed By :

**Book Circle**

263-A, Hauz Rani Market, Opp.Max Hospital,
Malviya Nagar, New Delhi-110 017
Tel : 011 65833024 Cell : 9212143747
Email : ali_mehdi60@yahoo.com

# انتساب

پننِس ٹاٹھس مائِلس

مرحوم خواجہ غلام محمد شاہ

تۂ

ٹاچھِ ماجہِ

مرحومہ کلثوم بیگم

ہنٛدِ ناو

یہُنٛد ژُھربہٕ زندگی ہنٛدِس

قدمس قدمس پٔتھ محسوس کران چھَس

محفوظہ جان

# ترتیب





# گوڑ کتھ

کأشرِس منز آیہِ باقے کینژَن شعرٕ صنفن ہنٛدی پأٹھی مثنوی ہنز صنف تہٕ فارسی پیٹھے تیمکی ابتدأیی نموٗنہٕ ژودأہمہِ صدی منزٕ ے لبنہٕ یوان چھہٕ۔ اما پوٚز یہِ پزر چھُ ٹاکارٕ زِ ژودأہمہِ صدی پتہٕ ژُھنہٕ اردأہمہِ صدی تام اَمہِ صنفہِ ہُنٛد کانٛہہ نموٗنہٕ نظرِ گژھان۔ ہرگاہ اردأہمہِ صدی منز میر عبداللہ بیہقی مثنوی صنفہِ کأشرِس منز متعارف کران چھُ مگر پزنہٕ پأٹھی چھُ اَتھ صنفہِ محمود گأمی دَس تُلان۔ أمِس قدآور مثنوی نگارس پتہٕ گوو کأشرِس منز مثنوی ین ہُنٛد اکھ زیوٗٹھ تہٕ باگہٕ بوٚرُت دور شروع۔ یوٚ تام زِ باقے صنفن مقابلہٕ روٗز مثنوی ادبی کیٛو عوأمی حلقن منز عروج لبان۔ کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبس چھُ اَمہِ صِنفہِ ہُنٛد کأفی دیُت۔ بلکہِ چھُ پزر یہِ زِ مثنوی صنفہِ ہنٛدی ذٔریعہٕ سپد کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد دریافت ممکن۔ لولہٕ مثنوی ین ستی ستی آیہِ جنگنامہ تہٕ ترجمہٕ کرنہٕ تہٕ درجنہٕ واد جنگنامہ سپد تحریر۔ ووں گوٚو کُنوہمہِ صدی ہنٛدِس اَخرس منز آیہِ یہِ صنف ژھوکان تہٕ وُہمہِ صدی منز ہرگاہ کُنہِ تام تجربہٕ لیکھن والو اتھ صنفہِ منز کٔر تہٕ مگر تم روٗدی

تجربٕنے تام محدوٗد ۔ کینژٕ و شاعر و کٔر مثنوی ہٕندِس فارمس منٛز نظم لکھنٕچ کوٗشش تہٕ مگر تمن تہٕ سپزٕ نہٕ پذیرأیی۔

دردِس کتاب چھےٚ مثنوی ین ہُنٛد دیُت زیرِ نظر تھأوِتھ تہٕ ستی امیُک ہیتی تہٕ موضوعی تجزیٲتی مطالعہٕ کٔرِتھ تیار کرنہٕ آمُت۔ یَتھ کتابہِ منٛز اوسنہٕ ممکن کُلہم کاشرِس مثنوی ادبس مطالعہٕ کرُن بلکہِ آیہِ کینٛہہ مثنوی یہِ تہٕ جنگنامہٕ زیرِ نظر تھأوِتھ کُلہم مثنوی ادبس پیٹھ کتھ کرنہٕ۔ ووں گوٚو کینژَن اہم مثنوی ین ہُنٛد تنقیدی تہٕ تجزیٲتی مطالعہٕ اوس اِکنہِ تہٕ ضروری تاکہٕ یمن مثنوی ین ہُنٛد مطالعہٕ سپدِ عام قاری یَس تہِ ممکن تہٕ وومید چھیٚہ یہِ میٲنی کوٗشش سپدِ پرن والین ہٕندِس باپتھ بارآور ثابت۔

بٔہ چھُس پروفیسر شاد رمضان صٲبنٕ مشکور یمو بہٕ موٗللی مشورو ستی فٲضیاب کٔرِس۔ امہِ علاوٕ چھُس پروفیسر شفیع شوق، ڈاکٹر رتن لال تلاشی، ڈاکٹر مجروح رشید تہٕ جناب قاضی ظہور صٲبنٕ تہِ مشکور یِم پٔرتھ ساتہٕ میٚہ رِتی مشورٕ دِوان روٗدی۔ آخرس پیٹھ چھُس بہٕ جناب محمد یوسف میر صٲبنٕ (کمپوزر) بے حد شُکر گذار یِم پننِ مصروفیات اوٚک طرف ترٲوِتھ میانہٕ کامہِ گوڈٕ انوٲری دِوان چھِہ۔

ڈاکٹر محفوظہ جان

# مثنوی ____ ابتداتہٕ ارتقاء

مثنوی گَیہٕ سو شارٕ ذات یَتھ منٛز پرٛتھ بأتگ قافیہ بیوٚن بیوٚن آسان چھُ ۔ مثنوی چھنہٕ غزلکی پأٹھی پابندِ ردیف آسان تہٕ نہ چھس قصیدکی پأٹھی محدوٗد شعر آسان۔ بلکہِ چھ امیُک کنواس کُشادٕ یتھ منٛز کانٛہہ تہِ توأریٖخی ، اخلاقی ، عقیدتی ، اساطیری ، مذہبی ، جنگی تہٕ عاشقانہٕ بیترِ واقعہٕ باقے صنفن مقابلہٕ آسأنی سان نظماونہٕ چھِ یوان۔ مثنوی ہیکہِ سٲٹھاہ زیٖٹھ تہِ آسِتھ تہٕ سٲٹھاہ ژھوٚٹ تہِ ۔یہِ ہیکہِ لچھِ وادشعرن ہنٛز تہِ آسِتھ تہٕ یہِ ہیکہِ ژورن شعرن پیٹھ تہِ مشتمل آسِتھ ۔مثنوی چھنہٕ کُنہِ مجلسہِ خأطرٕ أکی ہیے نشتس منٛز بوز ناونہٕ باپتھ لیکھنہٕ یوان بلکہِ چھِ پرٛنہٕ باپتھ تحریر سپدان۔فارسی زبأنی منٛز چھِ کیٛنٛہہ طویل مثنوی یہِ نظر گژھان یمن منٛز شاہنامہ فردوسی ،سکندر نامہ تہٕ مثنوی مولانا روم بیترِ قأبلِ ذکر چھِ ۔ یِمہٕ چھےٚ تمہِ طویل نظمہٕ یمہٕ کُنہٕ محفلہِ یا مجلسہِ منٛز پرٛنہٕ ین نہٕ تکیاز یمن منٛز چھُ مسلسل نظمہِ ہنٛدی پأٹھی تسلسُل ۔ یمن منٛز چھِ ڈلیلہِ منٛز ڈلیل وجود پرٛاوان ۔اَتھ منٛز چھِ پرٛتھ قسمکی موضوع ورتاونہٕ یوان مثلن حسن وعشق ، رزم، فلسفکی مختلف اسرار تہٕ رموز بیترِ چھِ اَتھ منٛز نظماونہٕ یاورتاونہٕ یوان۔

مثنوی چھُ عربی لفظ ''مثنی'' منز دژامُت یمیُک معنی جوڑ جوڑ چھُ ۔ گوو مثنوی چھِ تتھ مسلسل نظمہِ وِنان یمکی دوشوَے شعر ہم قافیہِ ،ہم وزن تہٕ گُنی بحرتہِ آسکھ ۔ مثنوی صنف تہِ چھِ باقے صنفن ہندی پاٹھی فارسی پیٹھے آمژ ۔ مولانا حاؔلی چھِ مثنوی متلق یتھہٕ پاٹھی بیان کران:

''جتنی صنفیں فارسی اور اردو شاعری میں متداول ہیں ان میں کوئی صنف مسلسل مضامین کے بیان کرنے کے قابل مثنوی سے بہتر نہیں ہے، یہی وہ صنف ہے جسکی وجہ سے فارسی شاعری کو عرب کی شاعری پر ترجیح دی جاسکتی ہے۔ عرب کی شاعری میں مثنوی کا رواج نہ ہونے یا نہ ہوسکنے کے سبب تاریخ یا قصیدہ یا اخلاق یا تصوف میں ظاہراً ایک کتاب بھی ایسی نہیں لکھی جاسکی، جیسی فارسی میں سینکڑوں بلکہ ہزاروں لکھی گئی ہیں، اسی لئے عرب ''شاہنامہ'' کو قرآن العجم کہتے ہیں اور اسی لئے مثنوی معنوی کی نسبت ہست قرآن درزبان پہلوی کہا گیا ہے[۱]''

فارسی شاعرو واتناوٕ مثنوی صنف سبٹھاہ تھزرس ۔ یوہے چھُ وجہ زِ شاہنامہ فردوؔسی تہٕ مثنوی مولانا روم چھِ پننہِ فنہٕ کہِ کمالہٕ ستی دُنیہچن اعلیٰ کتابن منز شُمار سپدان ۔ یمو دویو شاہکار مثنوی یو واتناوٕ فارسی زبان تھدِس مقامس تہٕ امہِ علاوٕ میچ یوسف زلیخا (مولانا جاؔمی)، سکندر نامہٕ (مولانا

۱ مقدمہٕ شعروشاعری ،مطبوعہ مبارک علی لاہور ۔ ص ۔ ۱۶۶، ۱۶۷۔

نظامیؔ)، حدیقۂ ثنائی ، ہفت پیکر، شیرین خسرو تہٕ بیٚیہِ تہِ واریہن مثنوی ین عالمی شہرت۔

یتھہٕ پاٗٹھۍ زَن پرٛتھ صنفہِ خاطرٕ کینٛہہ ٹیکنیکہٕ مقرر کرنہٕ چھےٚ آمٕژ تتھےٚ پاٗٹھۍ چھےٚ مثنوی خاطرٕ تہِ کینٛہہ ٹیکنیکہٕ ضروری۔ گوڈٕنیتھے چھےٚ عِلم عروض کیو ماہرو امہِ خاطرٕ ستھ بحرٕ مقرر کرمٕژ یمہٕ یتھہٕ پاٗٹھۍ چھےٚ:

۱/ بحر ہزج مسدس مخذوف یا مقصود

ارکان: مفاعیلن مفاعیلن فعولن یا مفاعیل

۲/ بحر ہزج مسدس اخرب مقبوض مخذوف یا مقصود

ارکان: مفعول مفاعلن فعولن یا مفاعیل

۳/ بحر متقارب مثمن مخذوف یا مقصود

ارکان: فعولن فعلولن فعلولن فعل یا فعول

۴/ بحر خفیف مسدس مجنون مخذوف یا مقصود

ارکان: فاعلاتن مفاعلن فعلن

۵/ بحر سریع مسدس مخذوف یا مقصود

اکارن: مفتعلن مفتعلن فاعلن یا فاعلات

۶/ بحر رمل مسدس مخذوف یا مقصود

ارکان: فاعلاتن فاعلاتن فاعلن یا فاعلات

۷ ر بحر رمل مسدس مجنون مخدوف یا مقصود

ارکان: فاعلاتن فعلاتن فعلن [۱]

مثنوی خاطرِ اوس گوڈٕ گوڈٕ تسلسُل تہٕ قاٰفیچ پابندی ضروری مانہٕ یوان مگر پتہٕ آیہِ اَتھ منٛز کینٛہہ نٔوی تجربہٕ تہِ کرنہٕ تہٕ قصیدٕک پاٹھی آیہٕ اَتھ منٛز کینٛہہ چیٖز شاٰمل کرنہٕ ۔ مثالے حمد، نعت، منقبت، بادشاہن ہنٛدی تعریف، قصہٕ تہٕ اندبیترِ ۔ اگر اَسی مثنوی صِنفہِ پوٗرٕ پاٹھی سام ہیموٗ تیٛلہِ چھِ یہِ کتھ واضح سپدان زِ یم چیٖز چھِنہٕ مثنوی خاطرٕ ضروری ۔ البتہٕ اسلام تہٕ اسلاٰمی دورٕ نِشہِ متاثر سپدِتھ اَسی کینٛہہ شاعر مثنوی ہنٛد ابتدا حمد تہٕ نعتِ شریف ستی کرُن خیر و برکت زانان۔

مثنوی صنفہِ خاطرٕ چھِنہٕ صرف ہیتے یوت ضروری بلکہِ مثنوی نگار چھُ تتھ موضوعس کُن زیادٕ توجہ دِوان یُس تٔمی اَمہِ باپتھ ژورمُت آسہِ اِدٕ سُہ عشقیہ، رزمیہ، مذہبی یا اخلاٰقی اَسی تن ۔ تَس چھُ تٔمن خیالاتن کُن زیادٕ توجہ دیُن یُس سُہ ژاٰری ہتس موضوعس منٛز ورتاوِ ۔ یوٗہے چھُ وجہ زِ ''شاہنامہ فردوسی''، ''مثنوی مولانا روم'' تہٕ ''یوسف زلیخا'' بیترِ چھِ دُنیہچہِ عظیم مثنوی یہِ مانٛنہٕ یوان تہٕ پرٛتھ زبانٕی منٛز چھُکھ اعلیٰ مرتبہٕ حاٰصل کوٚرمُت ۔ مثنوی صِنفہِ منٛز چھِ دون چیٖزن خاص اہمیت ۔ اکھ کردار نگاٰری تہٕ دوٚیم واقعہٕ نگاٰری ۔ مثنوی نگار گژھہِ کردارس تمام خوٗبیہِ تہٕ خاٰمیہ ہیتھ

[۱] میزان العروض مؤلفہ محمد شریف شوخ! امیر العروض؛ بزمی انصاری۔

پیش کرُن۔ مثنوی ہُند کانْہہ تہِ واقعہٕ ہکون زِ ٹھر اُوِتھ تہِ تہٕ ژھوٗ ژآوِتھ تہِ۔ اَمہِ خاطرٕ چھُنہٕ کانْہہ تہِ پابندی۔ یَیلہِ عظیم مثنوی ین ہُند مطالعہٕ سپدان چھُ، مثنوی نگاروچھِ کردار وتہٕ واقعاتو ذریعہِ تم تمام تاثرات بیان کَرِ ہٕتی یم مختلف حالاتو تہٕ واقعاتو کنی پیش آسن آمتی اِدِ تم عقیدِ تِکس موقعس پٹھ پیش یِنہٕ وألی یا عقیدٕ تکی آسی تن، تم غمکی یا خُشی ہِنٛدی کونہٕ آسَن۔ تموٚ چھِ فنکأری سان پننی دلی جذبات، عقیدت تہٕ رسم و رواج یِمن منز پیش کَرِ ہٕتی۔

مثنوی صنفہِ خأطرٕ چھُنہٕ کانْہہ گنڈِتھ موضوع۔ مثنوی نگار ہیکہِ کانْہہ تہِ موضوع اتھ صنفہِ منز ورتأوِتھ مثلن عشقیہ، رزمیہ، غنائیہ (Lyric)، وأعظانہٕ تہٕ صوفیانہٕ بیترِ۔

بقولہِ مولانا شبلیؒ

''انواع شاعری میں یہ صنف تمام انواع شاعری کی بہ نسبت زیادہ مفید، زیادہ وسیع، زیادہ ہمہ گیر ہے، شاعری کے جس قدر انواع ہیں سب اس میں نہایت خوبی سے ادا ہو سکتے ہیں، جذبات انسانی، مناظر قدرت، واقعہ نگاری، تخیل، ان تمام چیزوں کیلئے مثنوی سے زیادہ کوئی میدان ہاتھ نہیں آ سکتا مثنوی میں اکثر کوئی تاریخی واقعہ یا کوئی قصہ بیان کیا جاتا ہے اس بنا پر زندگی اور معاشرت کے جس قدر پہلو ہیں سب اس

میں آجاتے ہیں، عشق و محبت، رنج و مسرت، غیظ و غضب، کینہ و انتقام غرض جس قدر انسانی جذبات ہیں سب کے سماں دکھانے کا موقع مل سکتا ہے، تاریخ میں مختلف اور گوناگوں واقعات پیش آئے، اس لئے ہر قسم کی واقعہ نگاری کا کمال دکھایا جاسکتا ہے، مناظر قدت، بہار و خزاں، گرمی و سردی، صبح و شام، یا جنگل و بیابان، کوہ و صحرا، سبزہ زار وغیرہ کی تصویر کھینچی جاسکتی ہے۔ اخلاق، فلسفہ، تصوف کے مسائل نہایت تفصیل سے ادا کئے جاسکتے ہیں...... مثنوی کے لئے اشعار کی تعداد بھی محدود نہیں اسلئے جس قدر وسعت دنیا چاہیں دے سکتے ہیں، مضامین کی بھی کوئی تخصیص نہیں، رزمیہ، عشقیہ، تصوف، فلسفہ، واقعہ نگاری جو مضمون چاہیں مثنوی میں ادا کرسکتے ہیں"[1]

مولانا حالؔی چھ پننہِ رایہِ ہُنٛد اظہار یِمہِ انمانہٕ کران:

"مثنوی اصنافِ سخن میں سب سے زیادہ مفید اور کار آمد صنف ہے کیونکہ غزل یا قصیدہ میں اس وجہ سے کہ اول سے آخر تک ایک قافیہ کی پابندی ہوتی ہے ہر قسم کے مسلسل مضامین کی گنجائش نہیں ہوسکتی[2]۔

---

[1] مولانا شبلی نعمانؔی، شعر العجم، جلد چہارم، ص ۱۹۵ - ۱۹۶، مطبوعہ انوار المطابع لکھنو۔
[2] مولانا الطاف حسین حالی، مقدمہ شعروشاعری، ص ۱۶۶، مطبوعہ المناظر پریس لکھنو۔

تہٕ امداد امام آثرؔ تہٕ چھُ مثنوی صنفہِ متلق پننہِن خیالاتن ہُنٛد اظہار یِتھ پأٹھۍ کران:

"مضامین کے اعتبار سے جو وسعت اس صنف شاعری کو حاصل ہے کسی اور صنف کو نہیں ہے۔ ہر طرح کے داخلی اور خارجی مضامین اس میں گنجائش پاتے ہیں"[1]

گووکہ مثنوی چھےٚ سو صنفہ سخن یتھ منٛز پرٛتھ قسمکۍ مضامین ورتاوِتھ ہیکو۔ فارسی زبأنۍ منٛز آیہِ عشقیہ، رزمیہ، اخلاقی تہٕ مذہبی بیترِ موضوعاتن پیٹھ بے شمار مثنوی یہِ لیکھنہٕ۔ مثنوی صِنفہِ پیٹھ مزید کتھ باتھ کرنہٕ بروٛنہہ ونو عشقیہ یا بزمیہِ مثنوی متلق کینٛہہ وٚتھِ پوچھِ کتھہٕ۔ بزمیہ یا عشقیہ مثنوی گیِہ سو مثنوی یتھ منٛز حسن و عشق وبُڈھناونہٕ ییِہ تہٕ دون دِلن درمیان لول، محبت، عشق تہٕ ملہٕ ژار ہاونہٕ ییِہ۔ عشقیہ مثنوی ہُنٛد بنیأدی مقصدٕے چھُ دون فردن ہُنٛد لول، محبت تہٕ حسن و جمال بیان کرُن۔ اتھ منٛز چھُ عاشق معشوق سُنٛد فراق تہٕ کرٕٛتھ جُدأیی در پیٹھۍ گرٛھان تہٕ أخرس چھُ دون دِلن میٖل سپدان تہٕ یتھہِ پأٹھۍ چھِ عاشق معشوق پنُن مقام پرٛاوان۔

رزمیہ مثنوی چھِ مثنوی ہنٛزِ تتھ صنفہِ ونان یَتھ منٛز جنگ و جدل بیان کرنہٕ ییِہ۔ پرٛتھ زبأنۍ منٛز چھِ رزمیہ مثنوی یا جنگنامہٕ پنُن منفرد رنگ، میچھر، الگ تہٕ بدٕن صورتحال، منفرد تہٕ الگ وجود تہٕ مقام برقرار تھاوِتھ۔

---

[1] امداد امام آثر، کاشف الحقائق، ص ۲۹۷۔

رزمیہ مثنوی متعلق چھِ مختلف لکھاٗری پنٕنی راے پیش کران:

''ٹیلر (Tylor) اپنی کتاب ابتدائی تہذیب ( Primitive culture) میں لکھتا ہے کہ ایپک فطرت اور زندگی کا وہ حقیقی تجربہ ہے جسے انسانی تخیلات کو سمجھنے کا ذریعہ بنایا جاسکتا ہے مگر گمیر (Gummere) کا خیال ہے کہ صرف ذریعہ ہی نہیں بنایا جاسکتا بلکہ ایپک فطرت کے تجربات اور زندگی کے تجربات کا نچوڑ ہے جو انسانی فطرت میں چھپے ہوئے تخیلات کو بیدار اور برانگیختہ کرتا ہے۔''[1]

رزمیہ مثنوی منز چھِ بہوُرتھٕ طاقتور کردار آسان یِم جنگس منز تِتھۍ کارنامہٕ انجام دِوان لبنہٕ چھِ یوان یِیمہٕ کِنی یِم گژھن اساطیری باسان چھِ تہٕ منزی چھِ واقعات تہٕ تِتھۍ پیش یوان یِم باضے اساطیری رنگ رٹان چھِ۔ یوٚدوٚے رزمیہ مثنوی منز تہٕ عشقُک عنصر نظرِ گژھان چھِ مگر مثنوی نگار چھُ سوُرے توجہ صرف جنگ وجدلس پیٹھ دِوان۔ جنگ نامن منز چھُ قدمس قدمس پیٹھ جنگی ماحول نظرِ گژھان۔ مثالے سامنامہ، خاور نامہٕ، جنگ امیر حمزہ بیترِ چھِ اَمِچ بہترین مثالہٕ۔

اَمہٕ علاوٕ چھِ مثنوی منز بییہٕ تہٕ موضوع ورتاونہٕ یوان مثالے مذہبی، بہاری یا منظری تہٕ ہزلیہ بیترِ۔

[1] سید محمد عقیل رضوی، اُردو مثنوی کا ارتقاء، اتر پردیش اردو اکادمی لکھنو، دوسرا ایڈیشن، ۱۹۸۳ء ص ۲۲۔

یہِ کتھ چھےٚ سکہٕ زِ مثنوی ہنٛز صنف چھےٚ فارسی زبانٕی پیٹھے آمٕژ۔ ونیکتام یُس مثنوی ہُند سارِوٕے کھوتہٕ قدیم نمونہٕ موجود چھُ سُہ چھُ ابوشکور بلخی سنٛز طویل مثنوی ہُند اکھ نسخہٕ۔ قدیم اسلامی فارسی ادبُک حصہٕ یُس ونیگتام دستیاب سپُد مُت چھُ، اتھ منٛز چھُ باقہٕ اصنافِ سخنن علاوٕ مثنوی ہُند نموٗنہٕ تہِ میلان۔ اَمہِ پتہٕ چھُ رودکی ''کلیل دمن'' یوسہٕ بنیادی عربی زبانٕی منٛز اَسمٕژ چھےٚ، فارسی زبانٕی منٛز ترجمہٕ کٔرِتھ اتھ مثنوی ہنٛز شکل دِوان۔ تمہِ پتہٕ یوسہٕ مکمل مثنوی فارسی زبانٕی منٛز بروٗنہہ کُن یوان چھِ، سو چھےٚ فردوسی سنٛز ''شاہنامہ'' یمیُک آغاز دقیقی کران چھُ تہٕ اختتامس چھُس فردوسیؔ واتناوان۔ شاہنامہٕ فردوسی یَس منٛز یمہٕ خوٗبیہِ لبنہٕ چھےٚیہ یوان تمے چھےٚ اکہِ کامیاب مثنوی ہنٛز خوٗبیہ[۱]۔ فردوسؔ سنٛدِس شاہنامس منٛز چھُ توٗارٟخ تہٕ جنگ۔ یہِ چھُ اکھ توٗارٟخی جنگ نامہٕ۔ اتھ منٛز چھِ ایرٲنی تہذیب، شان وشوکت، تمدن، طرزِ جنگ تہٕ توٗارٟخہٕ علاوٕ ایرانس متلق پوٗر زانکٲری فراہم سپدان۔ شاہنامُک مطالعہٕ کٔرِتھ چھِ یہِ کتھ واضح سپدان زِ ایرانس منٛز کر سپُد تہذیبک ابتدا تہٕ لوٗکن منٛز ییلہِ ووتھنُک، بہنُک، پلو پوشاک لاگنُک صحی طریقہٕ تہٕ طرزِ زندگی ہندی باقہٕ طور و طریقن ہُند شعور پٲدٕ گو و، امیُک سوٗرے صورتحال چھُ فردوسی سُند شاہنامہٕ پٔرِتھ بروٗنہہ کُن یوان۔ یوٗ دوٗے اَتھ منٛز عشقیہٕ داستان تہِ بروٗنہہ کُن

---

[۱] مولانا شبلی، شعرالعجم، جلد چہارم، ص ۱۹۹۔

یوان چھِ مگر مختلف جنگ چھِ جایہِ جایہِ نظرِ گژھان ۔ دُنیہس منٛز ییلہِ تہذیب تہٕ تمدنُک آغاز وُچھان چھِ ، ایران چھُ سر فہرست یوان تکیاز ِ ایرانٕسۍ منٛز چھُ جانور رچھنُک ، گروپ بندی ، نارپأدِ کرن ، جہاز رأنی تہٕ بیٚیہِ تہِ وارِیاہ چیزن ہُنٛد آغاز سپُد مُت ۔ یمن کتھن ہُنٛد ثبوت چھُ شاہنامس منٛز میلان ۔ شاہنامس منٛز چھ سیاست ، حکومت ، مذہب ، فطرت نگأری ، جنگی ماحول تہٕ جنگی مأدان بار بار نظرِ گژھان ۔

شاہنامہٕ پتہٕ آیہِ فارسی زبأنی منٛز بیٚیہِ تہِ کیٚنہہ مثنوی یہِ لکھنہٕ یمن منٛز وامق عذرا (عنصری) روشن نامہٕ ، سعادت نامہٕ (ناصر خسرو) ، لیلیٰ مجنون ، ہفت پیکر ، خسرو شرین ، سکندر نامہٕ (نظامیؔ) ، مولانا روم ، سعدی ، عراقیؔ تہٕ اوحدی کرمانیؔ بیترِ ۔ پتہٕ چھِ اتھ کاروانس بے شمار مثنوی نگار پننہِ پننہِ مقدوٗرٕ موجُب لول بران ۔ مغل دورس تہٕ خاصکر اکبرٕ سٕنٛدِس دورس منٛز آیہِ ایرانہٕ پیٹھہٕ بڈ ی بڈ ی شاعر ہندوستان ۔ ہندوستانس منٛز چھُ فارسی شاعری ہُنٛد ابتدا امیر خسروٕ سٕنٛدِس دورس منٛز سپُد مُت تہٕ فیضی سٕنٛزٕ مثنوی یہِ مرکز ادوار ، سلیمان وبلقیس ، نل دمن ، ہفت کشور تہٕ اکبر نامہٕ بیترِ چھِ ہندوستانس منٛز مثنوی ہٕنٛدِ ابتدأیی نموٗنہٕ رٕنگی نظرِ گژھان ۔

کٲشیر منٛز چھُ مثنوی ہُنٛد ابتدأیی نموٗنہٕ ژوداہمہِ صدی منٛز لبنہٕ یوان ۔ شیخ نورالدین نورانی ؒ چھِ اکھ ہتھ تہٕ ترٛہ (١٣٠) شرعی مسلسلن پیٹھ مبنی مثنوی نما اکھ طویل نظم تحریر کران ۔ یتھ ”نام حق“ یا ”صدوسی مسلہ“ ناو

چھُ ۔ اَمہِ مسلسل نظمہِ تلہٕ چھُ نนان زِ شیخ العالمؒ چھُ فارسی زبانۍ ہُند مطالعہٕ اوسمُت تہٕ یوٚ ہے چھُ وجہ زِ سُہ چھُ پننِس شُرکِس منٛز فارسی زبانۍ ہٕندِس عظیم شاعر مولانا رومیؒ سُند ناو دہراوان ۔ یہِ کتھ تہٕ چھےٚ ثابت سپدان زِ سُہ چھُ تمن نِش کأفی متأثر اوسمُت ۔ توے چھُ شعوٗری یا غار شعوٗری طور مثنوی صِنفہِ ہٕندِس طرزس پٮ۪ٹھ زٕٹھ نظم تحریر کران ۔ مگر حضرت شیخ العالمؒ پتہٕ چھُنہٕ واریاہس کالس مثنوی ہُند کانٛہہ تہِ ٹھوس نموٗنہٕ نظرِ گژھان ۔ یمن پتہٕ لگ بگ ژور ہتھ وٕری یعنے اردأہمہِ صدی منٛز چھُ میر عبداللہ بیہقی[۱] مثنوی ہنٛز صنفہِ نِشہِ کأشرِ ہن متعارف کران تہٕ یہِ صنف ورتاوس انان ۔ سُہ چھُ فارسی زبانۍ ہنزٕن دوٚن مثنوی ین "عقاید تہٕ وقایہ" کأشرس منٛز ترجمہٕ کران ۔ یمن منٛز چھُ شرعیتکۍ مسلہٕ سیوٚد ساد زبانۍ منٛز بیان کران ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ سُہ لوکٕچن لوکٕچن حکایژن تہِ کأشرس منٛز پھران ۔ اتھ کتھ چھُنہٕ کانٛہہ تہِ شک زِ یِمو دوٚے بیہقی سنزٕن مثنوی ین منٛز فنی خأمیہ نظرِ چھِ گژھان مگر میر عبداللہ بیہقی چھُ سُہ شخص یُس مثنوی صِنفہٕ ہٕندہِ فنی زاوی جارن کُن کم توجہ چھُ دِوان تکیا زِ تٔسند مقصد اوسنہٕ مثنوی بحیثیتہِ صنف لوٗکن بروٗنٛہہ کنہٕ ترأوِتھ شہرتھ پرأوِنۍ بلکہِ اوس کأشرِ ہن لوٗکن اسلأمی نوقطن تہٕ مسلن کُن

---

۱۔ سید محمد بیہقی چھُ ایرانکہِ نیشاپور شہرکہِ اکہِ لوکٕٹہِ ضلع بیہقک روزن وول اوسمُت ۔ امیر تیور یہلہِ ایران تہٕ امہ کِمن أندی پکی کِمن علاقن پٮ۪ٹھ قبضہٕ جماوان چھُ، سید محمد بیہقی تہِ چھُ تمن سایہٕ واد سعاداتن ستۍ کشیرِ کُن روخ کران یم پننہِ وطن ترأوِتھ باقے اطرافن کُن ژلان چھِ ۔ سید محمد بیہقی چھُ حضرت امیر کبیرنؒ بروٗنٛہہ کشیرِ آمتۍ تہٕ میر عبداللہ بیہقی چھُ أمۍ خاندانس ستۍ تعلق تھاوان ۔

رأغب کرُن یژھان ، یُتھ تم اَمہِ نِش زأنی یاب سپدتھ دین اسلاحٕچ پأروی کرٕہن ۔ اَمہِ کتھِ نِش چھُنہٕ کأنسہِ انکار زِ فنی کمزوٗریہٕ آسنہٕ باوجودتہٕ چھُ میر عبداللہ بیہقی صأبس گوڈنیُک مثنوی نگار آسنُک شرف ۔ مگر مثنوی بحیثیتِ اکھ مکمل صنف چھِ کُنوہمہِ صٔدی منٛز محمود گأمی ہٕندِ ذٔسی وجود پژاوان ۔ سُہ چھُ ''شرین خسروٗ'' مثنوی کأشرس منٛز ترجمہٕ کرِتھ اتھ صنفہِ باضأبطہٕ دٔس تُلان ۔ یوٚدوَے محمود گأمی یَس بروٛنٛہہ تہٕ مثنوی ہٕندی نموٗنہٕ نظرِ گژھان چھِ ۔ یمن منٛز شاہ قلندر سٕنی ''سُلطان ادھم تہٕ گلجان'' ، ''طوطہٕ نامہٕ'' چھُ عبدی پال نأوی اَکِس شخصن وُنی ہُش یَس متلق مزید کھینٛہ زانکأری فراہم چھیٚہ سپزٕ ہُش ۔ امہِ علاوٕ چھُ مومن صأب تہٕ شیخ فرید الدین عطار سٕنزٕ مثنوی ''منطق الطیر رس'' اختصارس کأم ہٮ۪تھ کأشرس منٛز ترجمہٕ کران ۔

مثنوی چھےٚ سو صنف یتھ منٛز داستانوی عنصر موجود چھُ آسان تہٕ اَمہِ علاوٕ کمن کمن فنی زأوی جارن ہٕنٛز ضرورت چھِ آسان ، اَمہِ کتھِ ہٕنٛز وضاحت سپزٕ برونٛٹھے ۔ یہِ کتھ تہٕ چھےٚ ژٕٹس تھاوٕنی لایق زِ فارسی مثنوی باپتھ چھےٚ بحر مقرر کرنہٕ آمٕژ مگر کأشرٕن مثنوی ین منٛز چھیٚہ صرف پانٛژھ بحر ورتاونہٕ آمٕژ ۔ یہند تفصیل یتھٕ پأٹھی چھُ :

---

ا۔ بحر ہزج مسدس محذوف یا مقصود

ارکان : مفاعیلن مفاعیلن فعولن یا مفاعیل

۲/ بحر متقارب مثمن محذوف یا مقصود

ارکان: فعولُن فعولن فعلولن فعل یا فعول

۳/ بحر خفیف مسدس مجنون محذوف یا مقصود

ارکان: فاعلاتن مفاعلن فعلن

۴/ بحر رمل مسدس محذوف یا مقصود

ارکان: فاعلاتن فاعلاتن فاعلن یا فاعلات

۵/ بحر رجز مثمن مطوی مجنون

ارکان: مفتعلن مفاعلن مفتعلن مفاعلن

یمہٕ پانژٕ وَے بحر چھیٚہ کأشرٕ مثنوی نگارو ورتاوس اَنِمٕژ ۔ مثنوی صِنفہِ ییٚلہِ کشیرِ منز پوٚر پأٹھی سام چھےٚ ہنہٕ یوان أسی چھِ أتھی نتیجس پیٹھ واتان زِ محمود گامی چھُ سُہ گوڈنیک شاعرُس کأشرس منز مثنوی ادبس باضأبطہٕ آغاز کران چھُ ۔ سُہ چھُ داہ مثنوی لیکھان یمن منز شرین خسرو، قصہ شیخ صنعان ، قصہٕ ہارون رشید ، یوسف زلیخا، لأل مجنون ، منصور نامہٕ ، قصہٕ محمود غزنوی ، پہلی نامہٕ ، یک حکایت تہٕ یوسُری نامہٕ بیترِ ۔ محمود گامی یَس پتہٕ چھِ اَتھ کاروانس منز بے شمار شاعری شأمل گژھان تہٕ اَتھ صنفہِ دوہہٕ پتہٕ دوہہٕ پوچھر بخشان ۔ محمود گامی سٕنٛد ہمعصر یمن منز ولی اللہ متو ، پیر علی شاہ ، عبدالاحد ناظم تہٕ مقبوٗل امرتسری چھِ اتھ مزید توسیع کران ۔ ولی اللہ متو چھُ ''ہی مال نأ گر راے'' فارسی زبأنی پیٹھ کأشرس منز ترجمہٕ کران ۔ یہِ مثنوی

چھےٚ فارسی زبانی منٛز گوڈٕ صدرالدین صابن لیچھمٕژ یوسہٕ کشیرِ ہندہن ابتدأیی بسکین درن ناگ، پشاج تہٕ آریا قبیلکٕن لۆکن متلق چھیٚہ۔ یہِ نہ چھیٚہ ایرأنی سرزمینچ تہٕ نہ ترکستانچ کانٛہہ دٔلیل بلکہِ چھیٚہ یہِ یٖمی سرزمینچ پٲداوار۔ یہِ مثنوی چھےٚ کشیرِ ہنٛز اکھ نیم توأرٟیخی داستان۔ ولی اللہ متو چھُ اَمہِ علاوٕ ''چہل اسرار'' تہٕ ''ضروریات دٖہن'' ناوچہِ مثنوی تہِ ترجمہٕ کران۔ پیر علی شاہ ہنٛز طبع زاد مثنوی ''خدیج نامہٕ'' چھِ مذہبی پۆت منظر آسنہٕ کِنی کأفی شہرت پرٛاوان۔ عبدالاحد ناظم چھُ سُہ شاعر یٖمس فارسی زبأنی ہُنٛد سۆن مطالعہٕ اوس تہٕ سُہ چھُ شیخ فریدالدین عطار ہنٛز فارسی مثنوی ''الٰہی نامہٕ'' منٛز ''زین العرب'' مثنوی کأشرس منٛز ترجمہٕ کران تہٕ اَمہِ علاوٕ چھِ مقبوٗل امرتسر یٚترٕ یِیہ مثنوی تحریر کرمٕژ یِہندی ناو ''پہلی نامہٕ'' ''منصور نامہٕ'' تہٕ ''یوسف زلیخا'' چھِ یتھے پأٹھی چھُ سیف الدین تارٕبلی زٕ مثنوی ''وامق عذرا'' ''قصۂ ارزن وہی مال'' تہٕ پرکاش بٹ کُری گأمی ''رامأین'' نأوی مثنوی لیکھِتھ کأشرس مثنوی ادبس برٛ ژر کران۔

محمود گأمی ہنٛز ''یوسف زلیخا'' یوسہٕ شہرت پرٛاوان چھِ تتہِ چھُ اُمس پتہٕ مقبوٗل شاہ کرالہِ وأری ''گلریز'' مثنوی لیکھِتھ اکھ اہم کارنامہٕ انجام دِوان۔ مقبوٗل شاہ کرالہِ وأری چھُ مثنوی ادبس برونٛہہ پکناوان۔ أمی کرِ واریاہ مثنوی تحریر یِمن منٛز ''گریسی نامہٕ'' ''گلریز'' ''پیر نامہٕ'' ''بہار نامہٕ'' ''منصور نامہ'' تہٕ ''زلیخا'' قأبلِ ذکر چھےٚ۔

مثنوی ادبک بیاکھ دور چھُ ۱۸۱۰ءپتھٕ شروع گژھان۔ یوٚ دوَے
اَتھ دورس منز لولہٕ مثنوی یہِ لیکھنہٕ آیہِ مگر جنگ نامہٕ تہٕ آیہِ بارَسس۔
پیر محی الدین مسکین چھُ ''زیبا نگار'' ''سوہنی مہیوال'' ''یوسف زلیخا''
''لأل مجنون'' ''چندر بدن'' تہٕ ''ہیررانجھا'' لیکھان۔ حاجی محی الدین
مسکین (سریہ بل سرینگر) چھُ ''یوسف زلیخا''، ''وامق عذرا'' تہٕ ''گُلنور''
تہٕ مہدی ترآلی بیترِ چھِ (چندر بدن) لولہٕ مثنوی لیکھان مگر کُلہم پاٹھی چھُ
اَتھ دورس منز رزمیہ مثنوی نگارن ہُنٛدٕ ے پوٚتر گوٚب گژھان یمن منز
وہاب پرٛے حاجنی (شاہنامہٕ، خلافت نامہٕ، اکبر نامہٕ)، مولوی صدیق اللہ
حاجنی (سکندرنامہٕ)، لکھمن جو بلبل (سامنامہٕ)، امیر شاہ کریری
(سامنامہٕ، خاور نامہٕ، ظفر نامہ) غلام محمد حنفی (جنگ امیر حمزہؓ)، محمد اسماعیل
نامی (جنگ احد، جنگ خندق)، محمد افضل (جنگ بدر)، ممتاز شاہ (جنگ
خیبر) تہٕ خضر ملک صفائی بیترِ ناوہٕنس لایق چھِ۔ خضر ملک صفائی سُنٛد ناو
چھُ اِوَکنی قابلِ ذکر تکیازِ سُہ روٗ دوارِیہس کالس گمنامی ہٕندِس عالمس منز تہٕ
وونی یٖیلہِ تَسُنٛد مثنوی ادب بروٗنہہ کُن آو سُہ چھُ تحقیقہٕ موجب الہٕ پلہٕ اکھ
درجن کھوتہٕ زیادٕ مثنوی لیکھان۔ یمن منز قصص الانبیاء، شاہنامہ فردوسی،
جنگ عجم، نظمِ عجیب، مولوی نامہٕ تہٕ باغِ شہدا بیترِ قابلِ ذکر چھِ۔ یمن
مثنوی ین منز چھےٚ قصص الانبیاء ریاستی کلچرل اکادمی حال حالے چھاپ
کٔرمٕژ۔

اَمہِ پتہٕ چھُ وارٕ وارٕ مثنوی ہُندٕ آخری دور شروع گژھان۔ اتھ دورس منز چھِ پیر عزیز اللہ حقانیؔ، لسہٕ خان فداؔ، حیرت پاندانیؔ، عبدالغنی ٹھوکر مشہور، حاجی الیاس تہٕ مولوی احمد اللہ ہاکباری بیترٕ بارٕسس یوان۔ حقانیؔ صابن چھُ مثنوی ادبس کانٛفی ہُر بر کوٗرمُت۔ اٰہنزٕ مثنوی چھےٚ ''قصہٕ بے نظیر'' ''بدر منیر'' ''گلبدن عاشق'' ''ماہروے گل اندام'' ''جوہر عشق'' ''قصہٕ دشنان'' ''چراغ محفل'' ''جنگ عراق'' ''ممتاز بے نظیر'' ''گلدستہ بے نظیر'' ''روضہ الشہدا'' ''چندر بدن'' بیترٕ۔

لسہِ خان فداؔ چھُ ژور مثنوی یِہ ''گلزارِ حقیقت'' ''گُلِ بکاولی'' ''قصہ شاہ بہرام'' تہٕ قصہٕ چہار درویش'' لکھان۔ حاجی الیاس چھُ ''ممُتاز بے نظیر'' تحریر کران۔ کینٛہہ کال برونٛہہ چھُ غلام محمد رفیق ''عرفان وجود'' ناوٕچ مثنوی تحریر کران۔ یِہ صنف آیہِ وارٕ وارٕ ژھوکان تہٕ سوتان۔ حالانکہِ وُنہِ چھِ کینٛہہ کاشُری شاعر اتھ صنفہِ منز طبع آزماٰیی کران تہٕ کینٛہہ لوکچہٕ لوکچہٕ مثنوی آیہِ بازرتہِ مگر پزر چھُ یِی زِ باسان چھُ یِہ صنف چھِنہٕ وونی شاعرن یاتہٕ راس یوان نتہٕ عوامی تہٕ ادبی عدمِ توجہی کنی چھِنہٕ شاعر پنٛنٕ توجہ اتھ صنفس کُن مرغوٗب کران۔ پزر چھُ یِہ زِ اٰمی صنفہِ دیُت کاشُرِ زبانٛی تہٕ ادبس واریاہ کینٛہہ تہٕ ہرگاہ اٰز یکی کاشُری شاعر بیٚیہِ اتھ صنفہِ کُن توجہ دیہ ہن شاید گژھِ ہے بیٚیہِ اکہِ پھرِ اٰمی کیٚو ادبی سطحس پیٹھ یِہ صنف پنٛنٕ نٔوی تہٕ جدید موضوع ہیتھ متعارف۔ تکیازِ یہے چھِ سو صنف

یتھ منز انسان کانٛہہ تہٕ واقعہٕ بےٚ پھرٕ‌ِک پأٹھی بأوِتھ ہیکہِ تہٕ شاید کرن مےٚ ہتی سأری اتفاق زِ أزِچ کٔشیر چھےٚ مختلف سیأسی ، سمأجی تہٕ ثقافتی واقاتو اعتبارٕ شأعرن نِش اَمی صنفہِ ہنٛز منگ کران۔



# میر عبداللہ بیہقی تہٕ مثنوی صنف

میر عبداللہ بیہقی چھُ بیہقی خاندانکس تِمن ساداتن سِتی تعلق تھاوان۔ یِم تھدِ پایکی عالم، فاضل، خدا دوس تہٕ بزرگانِ دین مانہٕ چھِ یوان۔ اوٚہُند جد سید محمد بیہقی چھُ ایرانکہِ اکہِ لوکٹہٕ ضلع بیہقُک روزن وول اوسمُت۔ امیر تیمور ئیلہِ ایران تہٕ امہِ کِس أندی پکی کِس علاقن پٮ۪ٹھ مُسلط سپدان چھُ، سید محمد بیہقی تہِ چھُ تِمن ساسہٕ وادسعاداتن سِتی کشیرِ کُن روخ کران یِم پننہِ وطن ترأوِتھ باقی اطرافن کُن تشریف نوان چھِ۔ سید محمد بیہقی چھِ حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانیؒ صأبن بروٚنٹھہ کشیرِ آمِتی۔ بیہقی خاندانن چھُ پننہِ لیاقیژ تہٕ شرافژ کِنی کشیرِ ہِندِس تواریخس تہٕ سیاستس منٛز خاص حِصہٕ بنوومُت۔ شاہمیری دورٕ علاوٕ چھُ یِمو ژک دورس منٛز تہٕ نظامِ حکومتس منٛز اہم رول ادا کوٚرمُت۔ اَمی بیہقی خاندانُک اکھ بزرگانِ دین اوس میر عبدالرشید بیہقی یَس سُنٛد فرزند کأشرِ زبأنی ہُند گوڈنیُک مثنوی نگار میر عبداللہ بیہقی اوس۔ میر عبدالرشید بیہقی صأبس متلق چھُ محی الدین مسکین تأریخ کبیرس منٛز یِتھ پأٹھی رقمطراز:

"میر عبدالرشید بیہقی فرزندِ ارجمن سید احمد بیہقی بن سید محمد

ابراہیم بن سید مبارک خان کہ اصفاد سید تاج الدین بیہقی بود......"[1]

تہٕ بقولہِ ناجی منور:

"میر عبداللہ بیہقی سٕندِس علمی بجرس تہٕ تٔہندِس سکونتس متلق چھےٚ اَسہِ بیاکھ شہادت تہٕ محفوٗظ کرِتھ تھاوِمژ۔ سو چھےٚ یِتھ کَنٛی زِ اَسہِ نِش چھیہٕ اَکھ کأشر کاغذ تِلہٕ مہٕ ہن یتھ پٹھ عربی زبانٛی منٛز اکھ خطبہٕ چھُ لیکھِتھ، بڑٕ خوش خط تہٕ اندس پٹھ چھُس یہٕ عبارت درٕج:

از پیش سیادت پناہ میر عبداللہ صاحب کہِ فرزندِ ارجمند حبیب مجید حضرت میر عبدالرشید بیہقی ساکنان محلہ تاشون صحیح کرد ۱۲۱۲ھ"[2]

جی۔ایم۔ڈی صوفی چھُ پننہِ کتابہٕ "کٔشیرِ" منٛز بیہقی صأبس متلق یتھہٕ پأٹھی بیان کران:

"Mir Abdullah Baihaq who was the author of Kashir Aqaid (A Mathnavi) and Mukhtasar Waqaah (A Religious peoms) died in 1807 A.D"[3]

میر عبدالرشید بیہقی صأب اوس اعلیٰ پایک پرہیز گار تہٕ خداودس۔ اُمس اوس علمی بجرتہٕ حأصل۔ اُہندِس فرزند ارجمن میر عبداللہ بیہقی یَس اُس کأفی علم و آگہی یِیمہِ کَنٛی سُہ کٔشیرِ منٛز ناماوار سپُد۔ بیہقی صأب چھُ پننہِ

---

[1] ناجی منور، تحقیق وترتیب میر عبداللہ بیہقی سُند کأشر کلیات، ۲۰۰۰ء ص۔ ۱۴

[2] ناجی منور، تحقیق وترتیب، میر عبداللہ بیہقی سُند کأشر کلیات، ۲۰۰۰ء ص ۱۶۔

3. G.M.D. Sofi, "Kashir", Vol II . P-404-405.

وقتَس گوڈنیک سعادات یُس کشیرِ منز اسلام پھالاونکِ غرضہِ کأشرِ زبأنی نہ صرفورتاوس منزٕ ے یوت انان بلکہِ چھُ أتھی زبأنی منز اسلامُک فلسفہٕ، دٟنکی مسلہٕ تہٕ احکام دین بیترِ وٕژھناونہٕ علاوٕ لگن تام تحریری طور واتناوان۔ میر عبداللہ بیہقی چھُ دین اسلام کِہن لوکٹِین لوکٹِین مسلن، احکامن تہٕ اصولن تہٕ ژھوچِین ژھوچِین دٔلیلن تہٕ حکایژن منز وٕژھناوان ییمہِ کِنی أمی پوٚرٕ کشیرِ منز مقبوٗلیت پرٛاوٕمژ أس مگر بدقسمتی کِنی اوس یہِ از تام گُمنأمی ہندِس عالمس منز۔ یہِ چھِ کأشرِ ہنٛز خوش قسمتی زِ ناجی منور چھُ گوڈنچہِ لٹہِ أمِس پایہِ بڈِس شأعرس تہٕ گوڈنکِس مثنوی نگارس دٔریاف کٔرِتھ بازرتھ اوان تہٕ سأنی سوٚ وٕژھے دوٚرکران یوسہٕ از تام أس۔

یوٚدوَے مثنوی ہُند ابتدأیی نموٗنہٕ کشیرِ منز ژوداہمہِ صٔدی منزٕ ے نظر چھُ گژھان مگر میر عبداللہ بیہقی چھُ گوڈنیک شأعر ییٚمی کأشرِ زبأنی منز مثنوی بحثیتہِ صنف متعارف کٔر۔ أمِنز گوڈنچہِ مثنوی یہِ چھےٚ ''عقاید'' تہٕ ''وقایہ''۔ ''عقاید'' چھےٚ صرف ستہٕ ہأٹھ دُمصری شعرن پٹھ مشتمل۔ اَتھ موخصر مثنوی منز چھُ بیہقی صأب مختلف عقیدن ہنٛز زانان کرناوان۔ جنت تہٕ جہنم کِہن تصوراتن ہُند بیان چھُ اَمہِ مثنوی ہُند بنیأدی موضوع۔ اَتھ منز چھِ ہدایت، ندامت تہٕ عجز وانکسأری جایہِ جایہِ نظر گژھان۔ مثالے۔

یارب کر تتہٕ سوئے پاے

ییٚتہِ مےٚ آسہٕ سزس جاے

علم معرفت بخشم جان
منور کرتم باموٗ منان
کألی پتۂ أخر دِتۂ ایمان
مأیلس ماجہِ تۂ یارن سان
وأصل کرتن سونٔے جان
جنتس جاے دتۂ با مومنان
چھُ طأ لب بنۂ میر عبداللہ
فضلہٕ ستی دتیٖخ ہاوتس راہ
یا
پاپ تۂ پُنٛز تارٕژ تولنے ین
تیٚمیٚ یُتھ کوٚرتےتَس تیٚتھ دِن
لیکھیٚ ہتی سأری سأنی اعمال
نوٚن چھُکھ ذرٕ ذرٕ سونٔے حال
دٕچھنٕس ییہِ مومنس نامہٕ عرفان
کھوورِ ییہِ کأفرس گرٕ شہِ حأران
کأفر پیٚیہٕ تتہِ درجہنم
غمہٕ روٚس چھُنہٕ تَس خالیٚ اکھ دَم
جنتس جاے چھے پیٹھ اسمان
بُتراُژ تل ژٕ دوزخ زان

طالب بنہٕ چھُ میرِ عبداللہ

فضلہٕ ستی دتھنٕ ، ہاوتس راہ

''وقایہ'' مثنوی منز چھِ تم حالات تہٕ واقعات بیان کرنہٕ آمتی یم حضور مقدسن ہنزِ پاک زندگی ستی منسلک چھِ ۔ بقولہِ ناجی منور:

''وقایہ رسالہٕ ییمیُک ذِکر تذکرنوٖیسو کوٚر مُت چھُ زِ یہ چھُ میر عبداللہ بیہقی سنز کاشُر تصنیف ، چھنہٕ وُنہ تہِ بدس آمُژ ۔ وون گو اَسہِ نِشہِ چھُ اَکھ اڈلیوٚک کاشُر قلمی نسخہٕ ییتھ منز اَمی موضوعچ شاعری لیکھنہٕ چھِ آمژ ۔ ''وقایہ'' چھِ تمن واقعاتن ہنز منظوم شکل یم حضورِ اکرم صلعم سنز مقدس زندگی منز پیش چھِ آمتی''[۱]

''وقایہ'' مثنوی ہنٛدی کینٛہہ شعر چھِ مثالہٕ رنگۍ پیش ۔

حمدٕ پتہٕ نعتہٕ پتہٕ تھو باکن
میر عبداللہ ہس نِش مسلن
وَنہِ ساری مسلہٕ کاشری پاٹھی
تمہِ کی زانہٕ وٕنی حقہٕ سنٛدی پاٹھی
نماز چھےٚ تھم زَن اسلامس
گوڈ پزِ نمہٕ نۓ خاص و عامس

''وقایہ'' تہٕ ''عقاید'' چھےٚ موخصر مثنوی یہ ییمہِ ٹیکنیکی لحاظٕ ڈیجہٕ تہٕ

---

۱ ناجی منور، تحقیق وترتیب ، میر عبداللہ بیہقی سُند کاشُر کلیات ، ۲۰۰۰ء، ص ۔ ۱۹ ۔

کمزور چھےٚ مگر اَمہِ باوجود چھےٚ عوامس منٛز مقبوٗل سپزٕ مژ۔

میر عبداللہ بیہقی چھُ لوکچہِ لوکچہِ ترٛیٖیہِ مثنوی یہِ کأشرس منٛز تحریر کران یمن منٛز ''قصہ حضرت موسیٰ'' ''قصۂ سنگتراش'' تہٕ ''قصۂ حضرت شیخ صنعان'' چھِ۔ ''قصۂ حضرت موسیٰ چھِ کل بل اردہن شعرن ہنٛز لوکٹ حکایت یتھ منٛز میر عبداللہ بیہقی تِمس شخصہٕ سُند قصہ بیان کران چھُ ییٚمی سُند پڑتھ شہہ نام حق ورد کران چھُ۔ یہِ اوس سُہ زأہد تہٕ عأبد یُس ننگے تہٕ ننٛبہٕ نوٗنے نفسیأتی خأہشو تہٕ ہاوَسو نِشہِ لوٚب روٗزِتھ دوہ راتھ یا ہوٗ یا ہوٗ کُرِتھ پننِس محبوٗبس لول بران اوس ؎

نہ اوُسُس کلہٕ پوشی نہ زِ پھِرن

موے سرا وس وٗلِتھ تَس ہَن ہَن

وُچھان اوس یتھ وحشی وُچھ آہو

دپان اوس ہر شہس یا ہوٗ تہٕ یا ہوٗ

یہِ اوس سُہ شخص یُس دُنیا ترأوِتھ، تزکیہِ نفس کُرِتھ تہٕ دلچہِ پاکیزگی ہتی کمالس وأتِتھ ذاتِ حقس ہتی وأصل سپُد مُت اوس۔ حضرت موسیٰؑ ہنٛدِ دٕسی پننِس محبوٗب سُند ناو بوٗزِتھے چھُ زوٗدِوان ؎

بوٗزُن ییٚلہِ نامِ حق تِمؠ آہ کوٚڈُن

تِمی ساتہٕ تَسی نِشے جان دیُتِن

یہِ اوس تسُند ازلی محبت پننِس خالقِ کائناتس ہتی۔ یتھے حضرت

موسیٰؑ یہِ صورتحال وُچھان چھُ ، تم چھِ تِتھس عاشقہٕ ہنٛز کفیت محسوٗس کران تہٕ ہتی چھس یکدم غأبی آواز کنن گژھان ۔ اے موسیٰؑ میأنس عاشق سُند عشقس منٛز محو سپدتھ ییتھ ہیوٚ حال وُچھتھ کیازِ سپُد کھ ژٕ حأران یہِ چھِ اکھ معموٗلی کتھ تہٕ میانہِ عظمتچ اکھ لوٚکٹ موٚکٹ جلک ۔ کائناتس منٛز چھِ بے شمار عاشق یِم میأنس ناوس پیٹھ پنُن زُو جان قربان کران چھِ ۔ در اصل چھُ یہِ خدا سنٛدِ وتہِ منٛز عاشق ہنٛزِ قربأنی ہُنٛد اکھ تٔیتھ تصویر پیش کرنہٕ آمُت ییتہِ شأعر عاشق تہٕ معشوق سُنٛد عشقہٕ حُباب باوُن یژھان چھُ ۔ تِتھے کُنہٕ ییتھہٕ کُنہٕ امہِ بغأرتہِ خبرٕ کتھ واقعہ حضرت موسیٰؑ ستی وابستہٕ چھِ یِمن منٛز خداوند کریم پننہِ عظمتُک جلال تہٕ پننین عاشقن ہنٛزِ قربأنی ہُنٛد حال باوان چھُ ۔ ییتھ مثنوی منٛز تہِ چھُ تِتھے ہیوٚ واقعہٕ شأعر بیان کران باوان ؎

ندا آس اے موسیٰؑ گو کھہٕ حأران
تِتھی مےٚ یار کتیاہ چھم فراوان
چھ ناوِ ے میون بوزن جان بخشن
میانہِ وَتہِ تم چھِ خاں وناں بخشن

أہنز بیٛا کھ مثنوی چھےٚ ’’ قصہٕ سنگتراش ‘‘ یوسہٕ گنونزہ شعرن پیٹھ مشتمل چھِ ۔ ییمیُک بنیأدی موضوع عشقِ الٰہی چھُ ۔ سنگتراش چھُ عشق الٰہی یَس منٛز گرکھ گژھتھ تس دوہ راتھ یاد کران ، صرف تٔسی گاران تہٕ ژھاران ۔ تَس چھُنہٕ خدایس ورأے بیٚیہٕ کانٛہہ معبود باسان ۔ تَس اوس پژتھ طرفہٕ

تہٕ پرٛتھ چیزَس منٛز تسُند نوٗر لبنہٕ یوان۔ سُہ اوس خدائیس کائناتک تخلیقکار مانتھ تَس پزٕ دِلہٕ التجا کران۔ سونچان اوس کاش مےٚ عرشس پیٹھ تسُند ٹھکانہٕ معلوم آسہ ہے۔ سُہ کرِ ہے پننہٕ زندگ ہُند پرٛتھ کانٛہہ ژٕہوٗ تہندی باپتھ ارپن۔ راتھ دوہ کرِ ہے تَس خدمت تہٕ کائناتک پرٛتھ کانٛہہ چیز تھاوِ ہے تَس بروٚنٛہہ کنہِ یا ہرگاہ فرشس پیٹھ تسُند مکانہٕ تہِ معلوم سپد ہس، سُہ تھاوِ ہے پرٛتھ نیامت تَس بروٚنٛہہ کنہِ۔ تہنٛدِس خدمتس منٛز گذارِ ہے زندگی ہُنٛد پرٛتھ ساعت تہٕ پرٛتھ کانٛہہ شہہ تراوِ ہے فقط تسُندُے ناوبتھ۔ شاعر چھُ دراصل ڈلیلہِ منٛز عاشقِ خدایہِ سُند سُہ مقام ہاوٕنٛچ کوٗشش کران یتھ منٛز عاشق پننِس معشوق خداوندکریم ہنٛدِس یادس منٛز پنٛنۍ ساریٚے زندگی صرف کرُن یژھان چھُ۔ سنگتراش چھُ مثنوی ہُند اکھ مرکزی کردار یُس عاشق خدا سُند کردار پیش کرِتھ اَکِس سائلک سُند تصور ووتلاوان چھُ۔ اگر زَن اَسی زانان چھِ زِ خداوند کریم نہ چھُ کھیوان تہٕ نہ چھُ چیوان تہٕ تَس نہ چھُس ترٛ لگان تہٕ نہ چھُس گرمی ہُند احساس سپدان مگر شاعر چھُ کردارٕ ہنٛدِ ذٔریعہ تس بروٚنٛہہ کنہِ رنگہ رنگہٕ دنیاوی نیامژ یہِ ہاونہٕ موکھہ پیش کش تھاوان زِ عاشق چھُ پننِس معشوق ہنٛدِس عشقس منٛز پننہٕ ظاہری تہٕ باطنی زندگی ہُند پرٛتھ مُداتہٕ مقصد تسی پیٹھ قربان کرُن یژھان۔

چھےٚ ژےٚ روٗٹے تورٕ وسکھ برزمین
خاصہٕ گرا کرٕ ژےٚ کیُتھ بو سنگین

راتھ دوہے آسہٖ خدمتگار ژیے
بۆڈ راحت چھےٚ ژےٚ درکوہسار ژیےٚ
نکھ وُچھہکھ ارغواں تے لالہٖ زار
ناگہٖ چشمن جوئہِ پکان آبشار
ذوق آسی کشت کأری کرٕیو
شوق آسی گُل زأری کرٕیو
عأش و عشرت بیٚیہٖ بأزی کرٕیو
راتھ ہِندرے دمسأزی کرٕیو
راتھ دوہے عأش ژےٚ نِش کرتہٖ
موٕ اَنے خاصہٖ مأری بَر تہٖ
یِی ژٕ منگکھ تی ژےٚ کرٕ یو پأدٕ بو
ماز بُزِتھ ، ژوچہِ انے مأدٕ بو
شوق چون چھم آسمانے وستہٖ
ڈادٕ روزے پیش دستہٖ بستہٖ
ترٕیش لگی سرد آباہ اَنہٖ تہٖ
بوچھِ لگی نانِ گندم رنہٖ تہٖ
ہیٚرِ وٕسِتھ میون سپٔن مہمان
چانہِ وَتے کرٕ فدا ژو تہٖ جان

غرض سنگتراش چھُ پننِس محبوٗبس انتہاٰیی انکساری سان پنٕن گرٕ یِنٛگ دعوتھ دِوان ، تَس مختلف نعمژٕ تہٕ ضیافژٕ پیش کش تھاوان ۔ یِمنے خیالاتن منٛز محو سپدتھ چھُ سُہ کوہِ طوٗرٕ کُن پکان ۔ یپاٗری چھُ شخصا اکھ حضرت موسیٰؑ ہس سنگتراشس متلق زانکاری دِوان زِ یِہ چھُ خدا تعالیٰ ہس متلق زبردس بدکلاٗمی کران ۔ یِمہِ کنٕ حضرت موسیٰؑ خشمہٕ ہوٚت سنگتراشس گرِ تمام بانہٕ بٹھہٕ پھٹراوان چھُ ۔ یِیلہِ سنگتراش یژھہِ تہٕ پژھہِ سان گرٕ اژان چھُ تٕسندی جذباتھ چھِ تمہِ ساتہٕ مجروح سپدان یِیلہِ سُہ پننہٕ گرِچ بدحاٗلی وُچھان چھُ ۔ سُہ چھُ أچھو کنٕ خوٗنہٕ دِل ہاران تہٕ خدایس چھُ التجا کران زِ یٚمی أمی ہٕندِس گرس لُرٕ پار کوٚر سُہ شخص ہاو تہٕ تَس ۔ دُعا چھُ مُستجا سپدان ۔ حضرت موسیٰؑ چھُ ظاہر سپدان تہٕ سنگتراشس چھُ امہِ کتھہِ ہُنٛد احساس دِوان زِ خدا نہ چھُ شونگان ، نہ کھیوان تہٕ نہ چوان ۔ سُہ چھُ نوٗرٕ ے نوٗر ۔ یِمو کتھو ستی چھِ سنگتراشس أچھ مُژرنہٕ یوان ۔ سُہ چھُ پشیمان گژھان ۔ تَس چھُ دِل زبردس آزوردٕ سپدان زِ سُہ چھُ وُنیکتام کفر کران اوسمت ۔ یپاٗری چھُ اللہ تعالیٰ حضرت جبرئیلسؑ حضرت موسیٰؑ ہس نِش پاٗغام ہٮ۪تھ سوزان زِ ژٕے کوٚرتھن میون ٹوٹھ یار مےٚ نِش جدا ۔ یتھہٕ پاٹھی چھُ حضرت موسیٰؑ سنگتراشس نِش گژھتھ تس تی کرنک تہٕ تی ونُنک التجا کران یِہ سُہ کران اوس ۔ سنگتراشس اوس عشق الٰہی سٕنتھ گوٚمُت تہٕ تَس اوس وونی یقین سپُدمُت زِ عشق سر کرنُے چھُ عاشقِ صادق سُنٛد بنیاٗدی مقصد تہٕ منٛزل ۔

اَچھ باوَتھ چھُ میر عبداللہ بیہقی یتھہٕ پأٹھی کران ۔

ہا ے لۆکو سارِ کھوتہٕ چھُ لول جان

لولہٕ ستی زُو چھُ لبن مستعان

یوٗ ہے موضوع چھُ محمود گأمی تہٕ مقبول امرتسری تہِ ''پہلی نامہ'' ناوچہن الگ مثنوی ین منز تہِ پیش کران ۔ یتھہٕ پأٹھی سنگتراش اللہ تعالیٰ ہس رنگہٕ رنگہٕ نیائرٕ تہٕ ضیافژ پیش کش تھاوان چھُ یُہے صورتحال چھُ محمود گأمی تہٕ مقبول امرتسری سندِس پہلی نامس منز تہِ نظرِ گژھان ۔ مگر یہِ کتھ چھےٚ سبکہٕ زِ سارۍ ے برونٹھہ چھُ بیہقی صأبے یہٕ موضوع ورتاوان ۔ وۄں گو ویم ترٛیشوٚ ے شأعر چھِ پننہِ پننہ علمی تہٕ شاعرانہٕ بتر مطأبق أکی ہے موضوعس تتھہٕ کٔنی پیش کران زِ کُنُے موضوع آسِتھ تہِ چھُ پرن وول ترٛیشوٚ ے مثنوی یہِ شوقہٕ سان پران تہٕ پران پران الگ الگ کیفیت محسوس کران ۔ یوٗ ہے چھُ شأعرٕ سُند قوتِ اظہار زِ سُہ چھُ اکھ موضوع مختلف انہار وتہٕ اظہار و بیان کران ۔ حالانکہِ بیہقی صأب سنزِ مثنوی منز چھُ نہٕ محمود گأمی تہٕ مقبول امرتسری سُند ہیوٗ شأعرانہٕ بیان تہٕ اظہار محسوٗس سپدان ۔ تکیازِ شاید چھُ بیہقی صأب اتھ مذہبی واقعہٕ بناونچ شعوری کوٗشش کران ییلہِ محموٗد گأمی تہٕ امرتسری مذہبی عقیدس ستی ستی اتھ منز ڈلیلہِ ہُند عنصر تہِ پیش کرنچ کوٗشش کران چھ۔

''قصۂ شیخ صنعان'' چھِ میر عبداللہ بیہقی سنز بیاکھ مثنوی یوٗ سہٕ

ناجی منور صأبنہِ '' میر عبداللہ بیہقی سُند کأشُر کلیاتس'' منز درج چھِ ۔ میر عبداللہ بیہقی صأبس علاوٕ چھُ '' قصہ شیخ صنعان'' بیٚیہ تہٕ کینٕژ وشاعرو وٕ نٔمت یٔمن منز حأتی کھارتہٕ محمود گأمی بیترِ چھِ مگر میر عبداللہ بیہقی چھُ امہِ قصُک آغاز کران ۔ بقولہِ ناجیؔمنور:

'' کأشُر اڈلیوٚک قلمی نسخہٕ چھُ تمہِ جایہِ پیٹھ شروع گژھان ییٚلہِ شیخ صنعان سُند یار کعبہ شریفس منز شیخہٕ سٕندٮ۪ن مریدن ونان چھُ زِ مریدن پزِ پرٕتھ حالس منز پیٖر سٕنز وفادأری قأیم تھاوٕنۍ ''[۱]

کلیاتس منز چھ امہِ مثنوی ہٕندۍ لگ بگ صرف ژُ ستتھ شعر دستیاب سپدِتھ چھاپ سپدۍ مٕتۍ ۔ مثنوی ہُند گوڈنیُک حصہٕ ونیکتام اتھہِ آمُت ۔ مثنوی چھِ تتہِ پیٹھہٕ شروع سپدان ییٚلہ شیخ صنعان سُند یار تٕہندٮ۪ن مُریدن ونان چھُ زِ تٔمن پزِ ہانہٕ پٔنُن پیٖر مصیبتس منز ترأوِتھ واپس ژٔلُن بلکہِ تٔمن پزِ ہا پرٕتھ قدمس پیٹھ رہبر سٕنز تأبیادأری کرٕنۍ ۔ میر عداللہ بیہقی چھُ یہِ واقعہٕ یتھہٕ پأٹھۍ بیان کران:

مرید س پزٕ رضا پرٕتھ کارس
یوٚد نہٕ آسہِ ظأہر زاہ نارس
یأری یا پزٕ کرٕنۍ مُھسے
چھُ انبر لول برٕن مُھسے

---
[۱] ناجی منور، تحقیق وترتیب '' میر عبداللہ بیہقی سُند کأشُر کلیات''، ۲۰۰۰، ص ۲۶

شادِ منز یار آسن ساسہٕ بُدی
مُہمس کُس ہیکہ ذٕرِتھ گدی

اُہنٛد بن مریدن چھُ پوٚر پوٚرٕ احساس گژھان زِ تِمو چھِ غلطی گرٕمژ۔ تِم چھِ پتہٕ شیٚخ صنعان ہٕندِس یارس ہتی خانہٕ کعبس منز زبردس عجز وزآری کران۔

مُرید چھُ خابس منز حضور مقدسؐ ڈیشان تہٕ یمن تِم پیر دُبارا اصلچ وَتہٕ پٮ۪ٹھ انگ التجا کران چھِ۔ یہُند دُعا چھُ مُستجا سپدان یٚیمہِ کِنی تِم زبردس شاد مان سپدان چھِ۔

مُصطفیؐ تِمی مریدن ڈیوٚنتھ پگاہ
پکان اوس باتبسم روے چوں ماہ
دپیوٚنس تِمی مریدن اے پیمبر
شفاعت کرتہٕ اُسے گیہٕ ابتر
پِھر سون ہنگہٕ منگے گو گُمراہ
وتہِ کُن ہیٚیہٕ اَن تَن وارِ لِلّٰہ

شیٚخ صنعان چھُ دُبارٕ اصلچ وتہِ پٮ۪ٹھ واپس یوان۔ تس چھِ دِلچ گٹہٕ گاشس منز تبدیل سپدان۔ تَس چھِ سٲری ٹھری دوٚر گوھان تہٕ دلہِ اٮ۪ینس کھے ژٕلِتھ چھس دُبارٕ خداے ہنٛز زان حاصل سپدان۔ سُہ چھُ دُبارٕ ابدی حقیقت لبان تہٕ روحانیت پرٛاوان۔ یپٲرِ چھے ہیٚنز یٲنی شیٚخ

صنعانس خابس منزٕ وٕچھان تس چھُ احساس گنان زِ شیخ صنعان چھُ صحی تہٕ سو چھِ غلط۔ییلہِ سو صبحنس بیدار گژھان چھِ سو چھِ پانس منز عجیبے ہ کفیت محسوٗس کران مثالے

ہیٚنزِ کورِ ڈیوٗنٹھ اَمی رأژ خأبی
زنہٕ ژاس بیٚیہِ اندر آفتابے
دپونس آفتابن ہے کوٗری
پکان گژھ پتہٕ شیخس دوٗرِ دوٗری
شیخہٕ سُند رُت ژے مذہب چھُی بہتر
چھُ مجاز سُے حقیقت رہبر
کوٗر ییلہِ ہندرِ نِشہِ گیہٕ بیدار
ڈیوٗنٹھ تمہِ نوٗر پانس پیٹھ بسیار
دِلس گیہٕ سٹھاہ تس بیقرأری
شیخہٕ ہندی پأٹھی دزنے لُج نأری

ہیٚنزِ یأنی چھےٚ اَخرس توبہٕ کران تہٕ شیخہٕ سنز مرید بنان۔ شیخ صنعان چھُ توبہٕ کران ۔تَس چھُ احساس گژھان زِ اگر نہٕ اکھ انسان پننین جذباتن پیٹھ قابو پزِ اوِ تیلہِ گژھِ تباہ و برباد۔ اَکس انسانس پزِ نہٕ دُنیاوی خاہشن لور روزُن ، تَس پزِ تزکیہِ نفسس کأم ہیٚنزِ اِدِ ہیکہِ سہ روحأنی پڑاون پیٹھ وأتِتھ بشرطیکہ تَس پننِس خألق کائناتس پیٹھ پژھ آسہِ ۔ اِدِ چھُ سہٕ خدایہِ

ہِندِ بن سیرن ، اسرارن تہٕ مختلف مقامن واقف سپدان۔ شیخ صنعان چُھ اکھ مشہوٗر واقعہٕ یُس بیشتر مثنوی نگارو بیان کوٗرمُت چھُ ۔ عبداللہ بیہقی صاٮ۪ب چھُ اَتھ واقعہس نفیس پاٹھی مذہبی عقیدس منز پیش کران۔ مگر اَتھ مذہبی پوٚت منظرس منز چھُ سُہ اَکس خدایہٕ ہِندِس ٹاٹھس بندس تِتھہٕ کٔنہ پیش کران یُس اکھ معموٗلی غلطی کٔرِتھ خداۓ نِش کینژَس کالس دوٗر روزان چھُ مگر ییٚلہِ تَس پننہِ غلطی ہُندہ احساس سپدان چھُ تہٕ سُہ چھُ خدایہٕ ہِندِس دربارس منز سر بسجود سپدِتھ پننہِ غلطی ہنز معافی منگان تہٕ معافی قبوٗل گٔژھتھ چھُ دُبارٕ خدایہٕ ہِندِس رحمتَس منز شامِل سپدان۔ گویا یہٕ چھِ اَکس تِمَس ٹاٹھس بندٕ سنز مثال یُس نیک اعمال کٔرِتھ تہٕ اکہِ معموٗلی غلطی ستی زندگی ہُندہ اصل مقصد پراونہٕ نِش کِتس کالس محروم سپدان چھُ ۔ یہٕ مثال چھےٚ تِمَس نیک بندٕ سنز تہٕ خدایہٕ ہِندِ عظمتچ مثال تہِ زخداۓ چھُ بندٕ سنز غلطی تمہِ ساتہٕ معاف کران سُہ ییٚلہِ پزِ دلہٕ توبہٕ کران چھُ ۔ شیخ صنعان چھُ اکھ سبٹھےٚ نیک تہٕ بزرگ انسان اوسمُت یُس دوہ راتھ یادِ الٰہی یَس منز گذارن اوس مگر دِلچ اکھ معموٗلی گمراہی چھس واریہس کالس خدایس نِش دوٗر اوان مگر یُہے گمراہی ییٚلہِ تَس نِش دوٗر گژھان چھِ خدا وندِ کریم چھُ تَس پیٹھ مہربان سپدِتھ دُبارٕ پننس عظمتس منز شامِل کران۔ گویا شیخ صنعان مثنوی چھےٚ سیدِ سیوٚد بندس تہٕ خدایس درمیان اکہِ مضبوط رشتچ واضح دٔلیل۔

بہر حال یِمہٕ آسہٕ میر عبداللہ بیہقی ہنز لو کچہِ لو کچہِ تڑے مثنوی یہِ۔ یوٚ دوٚے یِمن ہنٛز زبان کمزور باسان چھِ تہٕ ٹیکنیکی لحاظہٕ ناہموار چھِ تکیاز وارِیہن جاین چھُ وزن پھُٹان نظر گژھان تہٕ بحر تہِ چھےٚ اوٕر یور گژھان۔ فنی اعتبارٕ تہِ چھےٚ یِمہٕ سارے مثنوی یہِ کمزور تہٕ پزر چھُ یہِ زِ بیہقی صأب چھُ دراصل یِمو مثنوی یو ذریعہٕ اسلأمی واقعہ کأشرِ ن لوٗکن تام واتناوُن یژھان یِمہِ کِنہِ تمُی شأعرانہٕ خوٗبیہٕ مُشرأوِتھ ڈلیلہٕ ہنٛدِس عنصرس پیٹھ توجہ دیُتمُت چھُ۔ مگر اَتھ کتھِ چھُنہٕ کانٛہہ تہِ شک زِ میر عبداللہ بیہقی چھُ اکھ نوٚ صنفہِ دس تُلان۔ لہٰذا ہیکن اتھ منز خأمیہ تہِ آسِتھ۔ مگر گُلہم پأٹھی چھُ بیہقی صأب مثنوی صنفہِ دس تُلِتھ کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس تھکنہٕ لایق بُرژر کران تہٕ یِنہٕ والین شأعرن ہنٛدِ باپتھ اکھ تژھ روایت قأیم کران یمیٚ بروٚنٹھہ کُن کأفی جہار لوٚب۔



# محمود گامی بحیثیتِ مثنوی نگار

محمود گامیؔ چھُ گنُوہمہِ صٔدی ہُند گوڈنیُک شاعر یَمۍ کأشرس منز مختلف ہیتی تجربہٕ کٔری۔ محمود گامیؔ یس اوس فارسی زبأنی ہُند سوٚن مطالعہٕ تکیازِ فارسی تہٕ عربی تعلیم اُسن گرۍ پرٛمٕژ۔ فارسی زبأنی ہندۍ اعلیٰ پایکۍ شاعر شیخ سعدیؔ، حافظ شیرازیؔ، مولانا رومیؔ، مولانا جامیؔ، مولانا نظامیؔ تہٕ فرید الدین عطارؔ ہنٛز شاعری ہُند اوس یِمن زبردس مطالعہ تہٕ تہٕ اثر تہٕ۔ یہِ اوس سُہ وق یێلہِ کٔشیر پٹھانن تحت اُس تہٕ کٔشیرِ منز سرکأری زبان فارسی اُس۔ یوٚدوَے محموٗد گامیؔ فارسی زبأنی منز شاعری ہُند آغاز کران چھُ مگر آخرکار چھُ کأشرِ زبأنی منزٕ ے تجربہٕ کران۔ محمود گامیؔ چھُ مثنوی، غزل، نعت تہٕ وژن بیترِ لیکھان۔ مثنوی ہنٛدۍ ابتدأیی نموٗنہٕ اگر چہِ ژوداہمہِ صٔدی منزٕ ے نظرِ چھِ گژھان۔ لگ بگ ژورن ہتن ہندِ طویل عرصہٕ پتہٕ چھُ میر عبداللہ بیہقی کأشرِ مثنوی ہُند آغاز کران۔ سُہ چھُ لوکچہ کینٛہہ مثنوی یہِ کأشرس منز ترجمہٕ کران۔ اَمہِ علاوٕ چھُ ''طوطہٕ نامہٕ'' عبدی پالُن تہِ بروٚنہہ کُن یوان مگر امێک لیکھن وٲری چھُنہٕ معلوٗم۔ اَمہِ پتہٕ چھُ موٗمن صأب شیخ فرید الدین عطارؔ ہنٛزِ مثنوی ''منق الطیر'' کہِ اکہِ حصُک ترجمہ

کران تہٕ شاہ قلندر سُنٛد ''ابراہیم ادھم'' تہِ چھُ بروٚنہہ کُن یوان مگر محمود گامی چھُ مثنوی بحثیتہِ اکھ مکمل ادبی صنف کأشرس منٛز متعارف کران۔ سُہ چھُ کینٛژن فارسی مثنوی ین کأشرس منٛز ترجمہٕ کران۔ یمن منٛز شرین خسرو، شیخ صنعان، قصہٕ ہارون رشید، یوسف زلیخا، لأل مجنون، منصور نامہٕ، یک حکایت، پہلی نامہٕ، قصہ محمود غزنوی، اکھ حدیث تہٕ قصہ شیخ منصور چھِ۔

محمود گأمی سٕنٛز گوڈنیچ مثنوی چھےٚ ''شرین خسروٗ'' یوسہٕ تمی مولانا نظامی سٕنٛزِ فارسی مثنوی پیٹھ کأشرس منٛز ترجمہٕ چھےٚ کٔرمٕژ۔ اَتھ منٛز چھ کینٛہہ خأمیہِ تہِ نظرِ گژھان مگر گوڈنیچ تصنیف آسنہ سببہٕ ہیٚکن اتھ منٛز غلطی تہِ أستھ۔ یہِ کتھ تہِ چھ یاد تھاوٕنی لایق زِ محمود گأمی ین چھےٚ یہِ مثنوی صرف ستوٗوہ ؤری وأنسہِ منٛزٕ ےتحریر کٔرمٕژ۔ اَمہِ پتہٕ چھُ محمود گأمی شیخ فریدالدین عطارٓ سٕنٛزِ ''منطق الطیر'' مثنوی منٛز ''شیخ صنعان'' ترجمہٕ کران۔ یوٚ دوٚے محمودس بروٚنہہ تہِ یہِ قصہٕ میر عبداللہ بیہقی تہٕ وہاب کھأرُن بابہٕ صأب حأتی کھار بیان کران چھُ مگر محمود گأمی چھُ یہِ مثنوی لیٚکھتھ اکھ بوٚڈ کارنامہٕ انجام دِوان۔ امیُک حسن و جمال تہٕ ترتیب چھِ سمبٕھتھےٚ نفیس پأٹھی پیش سپدُمُت۔ یہِ روحأنی قصہٕ چھُ انسانس سروٗد بخشان۔ اگرچہِ محمود گأمی ین قصہٕ ہارون رشید، لأل مجنون، منصور نامہٕ، یک حکایت، پہلی نامہٕ، قصہٕ محمود غزنوی، اکھ حدیث تہٕ قصہٕ شیخ منصور نأوی مثنوی یہِ لیکھان چھُ مگر اوٚہُنٛد سارِوٕے کھوتہٕ اہم کارنامہٕ چھُ ''یوسف زلیخا'' یوسہٕ أمی مولانا جامیٓ

ہنز فارسی مثنوی پیٹھ ترجمہٕ کرٕمژ چھےٚ۔ محموٗد گاٚمی چھُ اختصار سان یہِ مثنوی کاشُرس منز ترجمہٕ کران یمیُک اعتراف سُہ پانہٕ کران چھُ۔

گرتھ محمود و زلیخاہ موختصر      دأدی لدن عاشقن ہنز خوش خبر

یا

محمودو کر موخصر حال      طوٗلِ کلام باعثِ ملال

''یوسف زلیخا'' مثنوی پرِتھ چھُ یمہِ کتھِ ہُنْد احساس گنان زِیمہٕ محمود گاٚمی مولانا جاٚمی ہنزِ مثنوی ہُنْد پوٗرِ پوٗر مطالعہٕ کران چھُ تتہِ چھُ قرآن مجیدُک سورہ یوسف ''یُتھ اَحسَن القصص'' تہِ ونان چھُ، بروٚنہہ کنہِ تھاٚوِتھ مثنوی تحریر کران۔ محمود گاٚمی چھُ فارسی زبأنی ہُنْد اصل مسودٕ تہٕ سورہ یہِ یوسف مدِ نظر تھاٚوِتھ مختلف واقعہن تہٕ حکایژن ترجمس منز پننہِ آیہِ زِچھر تہٕ ژھوچر دِوان۔

مولاناٚ جاٚمی چھُ مثنوی ہُنْد آغاز حمد، نعت، مناجات، قصیدٕ تہٕ نصیحت آموز واقعو سِتی کران۔ اتھ برعکس چھُ محمود گاٚمی یِم ساٚری چیز نظر انداز کرِتھ سیٚدِ سیوٚد پننہِ تخلیقہِ ہُنْد آغاز یتھہٕ پاٚٹھی کران۔

حمد بے حد نعتِ احمد ہر صحیفس ابتداء

روز دما سوز عشق بوز اَے مردِ خدا

پادشاہا کج کلا ہا اوس شہر مغربس

اُس کوٗرا خاصہٕ تمٕی ہے بیب زلیخا ناوَتس

ییٚلہِ زَن بییہِ اکہِ پرانہِ قلمی نسخہٕ مطأبق چھُ محمود گأمی "یوسف زلیخا" مثنوی ہنٛد آغاز ییمہِ شعرٕ ستی کران ۔

اوس یوسف فرزند یقوب

نوٗر تہندٕ ے سمسارس شوٗب

در زلیخا وۄن یہِ حضرت جأمین

اۄن یہِ کأشرس منٛز محمود گأمین

حضرت یوسفؑ ہنٛدی حالات چھِ کلیات محمود گأمی[1] ییٚس منٛز ییتہٕ پأٹھی درج ۔

اوس یوسف فرزند یعقوب

نوٗر تہندٕ ے سمسارس شوٗب

شاہِ خوٗبان اوس ماہِ کنعان

آفتِ دِل غارتگرِ جان

مولانا جامیؔ ہنٛز مثنوی چھےٚ سٮ۪ٹھاہ بٔڑ مگر محمود گأمی چھُ اختصارس کأم ہیٚتھ امیُک دٕہم حِصہٕ ترجمہٕ کران۔ مگر یہِ کتھ چھےٚ ٹاکارٕ زِ امہِ اختصار باوجود تہِ چھُنہٕ امہِ کِس مجموعی تاثرس پیٹھ کُنہِ قسمُک اثر پیوٚمُت تِکیازِ یہِ چھُ محمود نہِ فنکارانہٕ صلاحیتُک کمال زِ سُہ چھُ تمہِ ہونرمندی سان ترجمہٕ کران زِ امیُک گُلہم تاثر تہٕ میچھر چھُ امیُک ٹاکارٕ ثبوٗت۔ مولانا جامیؔ تہٕ محمودنہِ

---

[1] ناجی منور، ترتیب کلیات محمود گأمی، جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز ۱۹۷۷ء۔ ص ۲۸۷

مثنوی منز چھےٚ ہیٚژ ہنٛز فرق لبنہٕ یوان ۔ تہٕ زَن گوو جامیؔ چھُ پننہِ مثنوی منز کُنی بحر ورتاوان ییٚلہِ زَن محمود گامیؔ ین پننہِ تخلیقہِ منز ژور بحر ورتاومٕژ چھےٚ ۔ مثالے رَمل مُثمن ، خفیفِ مسدس ، متقارب مُثمن تہٕ رمل مُسدس۔ محمود گامیؔ چھُ موقہٕ محلہٕ مطأبق یمہٕ بحر ورتاوان۔

مولانا جامیؔ چھُ یوسف تہٕ زلیخایہِ ہٕنٛدِس مرنس تام پنٕنی تخلیق تحریر کران مگر محمود گامیؔ چھُ حضرت یوسفؑ سنٛدِ مرنہٕ پتہٕ زلیخایہِ ہٕنٛدِس تتھ مرثیس پیٹھ اند واتناوان یوسہٕ کأشرِ زبأنی منز لامثال جذبأتی شاہ نموٗنہٕ رٕنگہِ گنٛزراونہٕ یوان چھےٚ ۔ مثالے

مرنہٕ چانے آفتابن پان کھوٗٹ

مرنہٕ چانے گو جہانس انہِ گوٗٹ

مرنہٕ چانے سوندرو کیاہ پان ژوٗٹ

ناد لایے میانہٕ یوسفو ودلو

محمودنٛس ترجمس منز چھِ تمہ بأتھ تہٕ غزل نظرِ گژھان یم اکہِ پاسہٕ محمودنہِ فنکارانہٕ صلأحیتکی نہ صرف باس دِوان چھِ بلکہِ پرأوأمی عوامس منز مقبوٗلیت ۔ بیاکھ اکھ اہم کتھ چھےٚ یہِ زِ یہ مثنوی گیہِ نہٕ اوٚ موکھہٕ ییٚژ مقبوٗل زِ اتھ پتہٕ کنہٕ چھُ مذہبی تقدس رٛژھرِتھ بلکہِ چھُ محمود تمہِ ووستأدی تہٕ فنکأری سان اَچھ دٕلیل پیٚش کران یُس کأشرس منز پرٕتھ ساتہٕ بے مثال فن پارٕ رٕنگی گنٛزراونہٕ چھُ یوان تہٕ اَمیُک بجر چھُ پرٕتھ دورس تہٕ پرٕتھ

زمانس منز محمود گامی یسے حاصل۔

مولانا جامی چھُ پننہِ تخلیقہِ منز فارسی محاورٕ تہٕ استعارن ہُند استمال جایہِ جایہِ کران۔ مثلن موج سیمیں، زُلفِ سخن، شاخ گل، گُل یوسمن، لب تشنہٕ، خم زُلف، درخاب راحت، راحت جان، شکرلب، گُل تنگ، سخن سنج، گنجینہ، شرین خندان تہٕ شیر نوشیم بیترِ بیترِ۔ محمود گامی یم تہِ استعارٕ تہٕ تشبیہ ورتاوان چھُ تم چھِ کأشرِ ماحولہٕ تہٕ کأشرکلچرٕ مطابق استمال کرنہٕ آمتی۔ مثلن سوسنکی پأٹھی مزار رٹُن، پمپوش برٕ گژھن، زألی وانکن فیلہٕ متھُن، ستہٕ ؤری شہِ برہم دیُن، مجہِ تیر، ببرِ لنگ، سمسار بأزی گار، کاژ زؤن، ڈکہِ لون، شلہٕ واس، مے کھاسی، برمند نن شام گژھُن، ہوشہِ ڈلُن تہٕ کامہٕ دیو بیترِ۔ اَتھ کتھِ چھُنہٕ کانہہ تہِ شک زِ محمود گامی یَس اوس فارسیس پیٹھ کأفی دسگاہ۔ سُہ چھُ فارسی زبأنی ہندی لفظ تِتھہٕ پأٹھی کاشرس منز پھِران زنتہٕ یم بنیأدی کأشری لفظ چھِ۔ محمود گامی اوس سُہ حساس کأشر شأعر یُس "یوسف زلیخا" مثنوی منز اِنتہأیی دوکھہٕ ہِتی بأتھ تحریر کران چھُ تہِ زن گوٚو ییلہِ حضرت یعقوبؑ ہنز رامہٕ ہوٚنی ہندی ذٔسی مرنچ خبر أہندِ ن وورٕ باین نش بوزان چھُ۔ سُہ چھُ بے قابو گژھان تہٕ أخرس چھُس ؤدی ؤری أچھن گاش گژھان۔ أہندِ ن جذبن ہنز باوتھ تہٕ اَمہِ واقعچ بیأنی چھےٚ سیٚدِ سیوٚد کأشرِ رسم و رِواجہِ مُطأبق شعرن منز کرنہٕ آمژ۔ اتھ واقعس یوسہٕ زبان محمود ن دِژمژ چھےٚ سو چھےٚ گُلہم پأٹھی کأشرِ

ماحولچ عکائسی کران ۔

پوترِ دادے ووُد یعقوبؑ

رِنہِ رنےِ گجبس ہَن ہَن

مئیانہِ یارو ہا یوسوفو

کتہِ پرارے ہا یوسوفو

وورِ باین ستی گوکھ نیرتھ

اِد نو تورِ آہم پھیرتھ

مےٗ زانیوم مارِنہِ ئیے

اند مزار ترأوِتھ یئے

چون دوُربر ہیکہِ نہٕ زٔرِتھ

متہٕ گرِدھ تم جُدا گرِتھ

وورِ باین ستی گوکھ نیرتھ

تورِ کونو آہم پھیرتھ

جان وندے جگرِیتم

ژھونجہِ اکے درشن دِتم

کوچھِ بہتھ رٔچھتھ ژوُلہم

مارِ سیاہ بچھتھ ژوُلہم

پھر یعقوب چھسَے پڑارن
شیچھ پڑژھان جاناورن
میون یوسف ڈیوٹھون ناسا
ہرنۍ چشمے سیاہ چھس تۍ
چون دۄ رہر گوم مےٚ مُشکل
گوم سبٹھاہ چھوکے لد دِل
وونۍ پھوٚٹُم، جگر ژۄٹ تھم
سوٚسنکی پاٹھۍ مزار روٚٹ تھَم
گیم سبٹھاہ چائنی مےٚ کلن
کۄ چھُھم ترأوِتھ ژلن
جان وندے جگر گوشے
برٛ گوہم ہا پمپوشے
برٛگے مو یمبر زوٚلے
کتہِ پیٛیہِ یوٚ نندرِ زوٚلے
اوس وداں یوسف تیمنا
گاش سوٚرس گوناپینا
محمود گامیؔ چھُ زلیخایہِ ہُنٛد خاب وُچھُن، تِہنٛدِ حسنٕکی تعریف تہٕ عزیز

مصرس نِش واتُن زیچھِ بحرِ منز پیش کران ییٚلہِ زَن مولانا جامیؔ اَکھ کہ ہے بحرِ منز پننہِ تخلیق پیش کرِتھ کئنہ اندازِ بیان ورتاوان چھُ ۔ جامیؔ چھُ یمن شعرن منز زلیخایہ ہُنٛد حُسن وبرٛ ھناوان ۔

چنین گفت آں سخنداں سخن سنج
کہ در گنجینہ بودش از سخن گنج

کہ در مغرب زمین شاہے بناموس
ہمی زد کوسِ شاہی طہموس

زلیخا نام زیبا دختری داشت
کہ ہا اواز ہمہ عالم سری داشت

نہ گنجد در بیاں وصف جمالش
کُنم طبع آزمایے با خیالش

فراواں موشگامی کرد شانہ
ہنادہ فرق نوزک درمیانہِ

فلک درس جمالش کرد تلقین
ہنادہ از جنبیش موجِ سیمین

فرؤد آو نحیۃ زُلف سمن سائے
فگندہ شاخِ گل را سایہ برپائے

اَتھ برعکس چھُ محمود گامیؔ زلیخایہِ ہُنٛد حسن ییٚمہِ انمانہٕ پیش کران ۔

سو زلیخا اُس زیبا دلفریبا زوٗن زَن
سینہٕ صاف اٰینہٕ کھوتے اوس روشن تَس بدن
نارِ پستاں راحتِ جاں اَسی تَس روپہٕ ہندی قُبے
ڈیشہِ وِنہن کرٛیشہٕ وِنہن اُس پھیران دِل دُبے
الفتُک نال زلف تے خال اوس شوٗبان پیشرو
سخت مُشکل رہروَن دِل چشم کاٗفر کیش او

حضرت یوسفؑ اوس بے حد حسنُک ماٗلک۔ اوٚہُند حُسن چھُ محمود گاٗمی یِیمہِ آیہ وبرٛھناوان ۔

صدقیامت کردہ برپا اوس قدقامت تُسُند
روے سیمیں موے مشکیں بوے عنبر خویِ تُند
سروقد اوس ہرنہٕ چشمو ستیٚ وُچھان تیز تیز
دِلبرے ماہ پیکرے غاٗرت گرے بابر گریز
بُمہٕ کماں تیرِ مجگاں غونچہ دہاں دُر فشان
نستہٕ خنجر ڈیشہِ وُنُے گے زلیخا خستہٕ جان

زلیخا چھِ گوڈٕے نہایت حسین وجمیل نوجوان خابس منٛز وُچھان ، یُس عزیزِ مصر آسان چھِ مگر تَس چھِ خاندر پتے یہِ حقیقت عیان سپدان زِ عزیزِ مصر چُھنہٕ سُہ یُس تمیٚ خابس منٛز وُچھمُت اوس تہٕ پتہٕ یِیلہِ حضرت یوسفؑ مِصرٕ کِس بازرس منٛز بوٗلی لگان چھِ ، اٗہندِ حُسنک شوہر چھُ پوٚرٕ

مِصرس منز پھاٗلان ۔ زلیخاتہِ چھِ مِصرِ کس بازرس منز واتان تہٕ اَتہِ ییلہِ حضرت یوسفسؑ پیٹھ اٗمِس نظر پیوان چھِ ، تَس چھِ کربکھ نیٖرتھ ژلان زِ یوٗ ہے چھُ سُہ شخص یعنے عزیزِ مِصر یُس امہِ خاٗطرٕ وُچھمُت اوس ۔ یوٗ دوٗے پرٛتھ کانٛہہ حضرت یوسفؑ مٗلۍ ہینٛچ کوٗشش کران چھُ مگر آخرس چھےٚ زلیخاہے اٗمِس مٗلۍ ہیوان ۔

چوٗ شُد یوٗسف بہ خوٗبی گرم بازار
آیہِ تَس پایہِ بڈٕس یٖژ خریدار
از انجملہ غریبا بڈٕ زناناہ
خمیدہ قامتس زن ۂج کماناہ
اتھس کیتھ سٕتھرٕوٗٹ ہیتھ دوٗپُن لوٗکو
گرٛژھِو تُہۍ شاہِ یوسف مٗلۍ ہیمن بو
توٗ ہے چھوٗ مال موختہٕ لال یاقوت
مےٚ چھُم بَس در بہایش جان مضطر
تیٚمِس چھُ عشق تَس کیٛاہ مال درکار
فِدا کرٕ یارسے پیٹھ موہرٕ تے دیار
مُدا چھُم از خودا مےٚ یمہٕ سوزے
مرِتھ بو عاشقن منز زِندٕ روزے

زلیخا نبرخ بوٗزِتھ چرخ دوان
بجے ہُنْد حال ڈیشتھ اَس رِوان
تمأمی سلطنتھ دِتھ مٔلی ہیوٚتُن یار
چھُ یا را نازنین وکبک رفتار

یَیلہِ زلیخا مِصر چھن زنانن سال کران چھِ ۔ حضرت یوسفؑ سُنْد حُسن وُچھِتھ کوسہٕ حالت چھےٚ تمن گرٛھان تمِچ ویٚز تصویر چھُ محمود گأمی سبٹھے رِتس اندازس منٛز گران ۔

سال کوٚر تمہِ خاص امیر بایہِ نے
ناچ نغمے ساز ہیوٚتکھ وایہِ نُے
پأروٗن یوسفہٕ سُنٛدُے تاج تے
اتھ بٔرنس روپہٕ سنٛزے وأج تے
نألی ژھنس لالِ بدخشانہٕ ژروٹ
سونہٕ ٹوپے موٚختہٕ بوٚرنس روپہٕ سوٚت
ژاو یوسف سالہٕ رنٛمن آب ہتھ
سونہٕ طش تے روپہٕ سُنْد اختابہٕ ہتھ
اتھِ دیٛت نکھ ژوٚنٹھ قلمتراش تے
اتھِ ژُٹکھ یوسفنہِ پٕراگاشہِ تے

پیٚیہٕ پھٹر گیہ سارے بیقرار
گلی ژٔلِکھ سارِوے بے اختیار
کوٚرُکھ زلیخایہِ شاباشا سبٹھاہ
ننٛدٕ بانٛہن منٛز چھُ یوسف پادشاہ
روے یوسف ڈیشہِ وُنہٕ گے مُرتھ
عشقہٕ شمشیر زوٚنہِ گے پارے گرِتھ

اسلامی کردار آسنہٕ باوجود چھُ محمود گامیؒ حضرت یوسفؑ سٕندِس حُسنس کأشرِ ماحولہٕ مطأبق نیچھناوان ۔مثالے ؎

خوبصورتھ اوس ماہِ روخسار
روشہِ وُن فتنہٕ گر خوش رفتار
کارِ تھوٚد سروِ بالا بلائے
مار زلفن ماران گڑاے
خوش نگاہ کیٚاہ اوس زُلفِ روخسار
پوشہِ تھرِ پٹھ زَن کالہٕ شہمار
الفتنگ زال زُلف پریشان
اوس گارتھ از دیٖن و ایمان
زُلفہٕ منٛز کیٚاہ شوٚبان خالے
ہرنہٕ زَن اوس لوٚگمت زالے

زُلف گیسو سمبُل دستے

سر بپا کردہ (درہم) شکستہ

سیاہ بادم أچھ آسہٕ رازاہ

موختہٕ ہارس روخسار تازٕ

عشوٕ گر تُرکِ کماں ابرو

تیرِ مجگان باچشم آہو

وبسہٕ راوان اَسہٕ ؤنہِ ہونجے

عاشقن دِل روزان نہٕ ڈنجے

موےِ کھوتہٕ اوس أویٖل میاں

غونچہ دہان شیرین زبان

لالہٕ کھوتے وُٹھ ووزلی

لالہٕ پھٔلِس میلن نہٕ ملے

پوختہٕ کارس دند موختہٕ پھٔلی

شولہٕ تژاوان أسی پرٕ تٔلی

سیمین اوس سیماب مزاج

دأدی لدن زخمن یلاج

مولانا جامیؔ سنز مثنوی یوٗ دوَے بے مثال چھےٚ مگر محمود گامیؔ سُند

ترجمہ تہٕ چھُ پنُن تخلیقی حُسن نیچھنأوِتھ اکھ بے مثال فنپارٕ بنان۔ ییٚتہِ جامیؔ

حضرتِ یوسفنہٕ مرنک حال موخصر پاٹھی باوان چھُ تتہٕ چھُ محمود گآمی زلیخایہ کاشرِ زنانہِ ہُنٛد خُشی یتہٕ تمہِ انمانہٕ یوسفنہٕ مرنک ماتم کرناوان یُس نموٗنہٕ رٕنگی کاشرِ زنانہٕ ہنٛدی وبد اکھ کاشرِ مزاژک حِصہٕ بنیومُت چھُ۔ محمودن چھے اَتھ واقعس پزنہٕ پاٹھی لاجواب تخلیقی قووتھ تہٕ خوبصورتھ زبان دِژمٕژ۔ مثالے

بوٗز زلیخایہِ یوسفنہٕ مرنٕچ خبر
بوزِوٗنے گو تمِس زیر و زبر
گۓ بیہوش پوشہِ تھٔر زَن پیۓ پتھر
ترٛہن دوٚہن اَس افتادٕ بے خبر



مارٕ مَتے یارٕ کیتیو ژھانڈٕ تھو
یوسفو ہَے یوسفو ہے یوسفو
کوٚتوٚ گوہم یوٗری تِتم آدنو
ناد لایے میانہِ یوسفو وولو
کینٛہہ نہٕ منگے نٔی تہٕ ننگے نیریو
پان وندے جان جنداہ پاٗریو
وٗنی بہٕ دِمے سُنٛی تہٕ ووٗنی پھیریو
ناد لایے میانہِ یوسفو وولو

لِیہِ لوسم ییہِ پھیرِتھ یار میون
خستہٕ گرٕنس چھُس نہٕ یوان عار میون
دَمہٕ دَ مے اوس ہم غمخار میون
ناد لایے میٲنہِ یوسفو وولو

پوٗختہٕ کارو اوسہٕ ہم موختار ژٕ ے
چھُس بہٕ بُلبُل اوس ہم گلزار ژٕ ے
زار بوزتم مےٚ گوٚژھہم یار ژٕ ے
ناد لایے میٲنہِ یوسفو وولو

کس بہٕ وَنے اوس ہم دلدار میون
مارٕ گرٕتھس مَٹہِ کھوٚتےٚ بار میون
ہی تہٕ مسوَل ضایہِ گرٕتھس ہاے ہاٮ۪ے
پایہِ بڈیو مایہِ گٔجس آے آے
مارٕ متےٚ ہایہِ گٔیس واے واے
ناد لایے میٲنہِ یوسفو وولو

گرٕ ترٲوِتھ کتہٕ رٔٹتھ جاے ژٕ ےٚ
کوٗ متےٚ میٲنی مُتھے مارے ژٕ ےٚ
خار گرٕتھس نارٕ زٲجتھس واے ژٕ ےٚ
ناد لایے میٲنہِ یوسفو وولو

مرنۂ چانے آسمان گو پشت خم
مرنۂ چانے گوم أچھن گاش کم
متۂ مرتم وُنہِ مےٗ چھِم مائنزِ نم
ناد لایے میٗانہِ یوسفو وولو
مرنۂ چانے آفتابن پان کھوٗٹ
مرنۂ چانے گو جہانس انہِ گوٗٹ
مرنۂ چانے سوندرو کیا پان ژوٗٹ
ناد لایے میٗانہِ یوسفو وولو
ہاے مرگو آے کِتیاہ سیم تن
ژلہِ ناٲوِتھ ولہِ ناٲوِتھ تم کفن
میون یوسف کتہِ سنا کوٗرتھن دفن
ناد لایے میٗانہِ یوسفو وولو
واے مرگو کینٛہہ تہِ یوان چھےٚ نہ عار
حیلہِ کٔرِی کٔرِی تھوٚوتھ بٔرِی بٔرِی مرگزار
چھےٚ قیامتھ ییٚلہِ یارس راوِ یار
ناد لایے میٗانہِ یوسفو وولو
مرنۂ چانے پوہ مےٗ گومو شرٛ ونس
پیوم تاوَن خاصہِ نٔوِس یاونس

پڼہ ہی نو یارِ مےّ مئشراونس

ناد لایے میٔانہِ یوسفو وولو

مرنۂ چانے رأیلن گۓ شاخ شاخ

مرنۂ ستی پنجرن گاۓمتی سُراخ

مرنۂ ستی دأدی لد دوان وبداکھ

ناد لایے میٔانہِ یوسفو وولو

مرنۂ ستمن جورِ جدأیی گرشھان

مرنۂ ستمن سنگ وأنج چھے چھونان

مرنۂ ستی زؤنہِ روزان شھپرن

ناد لایے میٔانہِ یوسفو وولو

وارے مرگو آسے اِکتیاہ سرِ وقد

ہول ترأوِتھ واتہِ نأوِتھ درلحد

سوکھ منزے دوکھ ستی گلو واوِ لد

ناد لایے میٔانہِ یوسفو وولو

مرنۂ چانے ترٛوو بوُلن بلبُلن

مرنۂ چانے جامہِ پارے کری گلن

مرنۂ چانے کأر ہج گۓ سوٗمبلن

ناد لایے میٔانہِ یوسفو وولو

ستۂ وٗری شے بأزی از دِتھ گوکھ مے

وادٕ ساریو وادٕ مےٚ ستی کوٚرتھ ژے

راوِ یَس دِلبر سُے کونو مَتے

ناد لایے میٲنۂ یوسفو وولو

نالۂ قبر رٔٹتھ ترٲون بڈ باک

درفراق یار دِتُن جانِ پاک

نکھۂ نکھے کٔرِکھ دفن زیرِ خاک

ناد لایے میٲنۂ یوسفو وولو

بہر حال چھُ دوشوٕنی مثنوی یَن ہُند مطالعہٕ پرن واٲلس یتھ نتیجس واتناوان زِ یم دوشوے شاعر چھِ فنکارانۂ اندازس منز پننی پننی مثنوی یہِ تخلیق کران۔ چونکہِ أسی چھِ یتھ جایہِ کاشرِ مثنوی ہنز کتھ کران اوٚ کنی وَنو زِ محمود گامی سُند ترجمۂ چھُ اکثر جاین تخلیق بنیومُت۔ اَمہِ مثنوی ہنز جذبات نگاری، منظر نگاری تہٕ تصویر کشی چھےٚ سٹھاہے دلکش تہٕ خوٚ بصورت لفظن منز بیان کرنہٕ آمژ۔ حضرت یوسفؑ سُند چھس گرٛھُن أسی تن یا أہندس مرنس پتھ زلیخایہِ ہُند وبداکھ أسی تن پرن وول چھُ جذباتن منز آورنہٕ یوان تہٕ یہِ سورُے چھُ محمود گامی ہنزِ تخلیقی ہنر مُندی ہُند کمال۔

یتھے کٔنی چھُ محمود گامی باقے مثنوی ین منز تہِ خصوصن شرین خسرو مثنوی منز پننی فنکاری نیچھناوان۔ یمن سارنے مثنوی ین ہنز زبان چھےٚ

محمودن تمہِ تخلیقی آیہِ ورتاوِنہٕ یوسہٕ مثنوی باپتھ موزون چھِ۔ یتھے کُنی چھُ یمن مثنوی ین منز گُلہم پاٹھی کأشرس ماحولس تہٕ مزازس پیش کرِتھ کاشُر رنگ بران ییمہِ ستی یہِ کتھ بروٚنہہ کُن یوان چھےٚ زِ محمودن چھُ ترجمہٕ کرنہٕ وِزِ امہِ کتھہِ ہُنُد احساس تھاوان اوسمُت زِ یم مثنوی چھُ سہ کأشرِ ہِندِ باپتھ تخلیق کران تہٕ اتھ منز چھُ سہ پوٗرٕ پاٹھی کامیاب گوٚمُت۔ باقٕے مثنوی نگارن منز چھُ محمودگامی لیس یوہے امتیاز زِ سہ چھُ فقط وو پرٕ ڈلیل ورتاوان مگر اَتھ ڈلیلہِ چھُ ماحول، مزازٕ تہٕ اوٚندپوٚک کأشُر بخشان۔



# مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأری بخشیتہٕ مثنوی نگار

مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأری چھ کنُوٗہمہٕ صٔدی ہٕنْدٮ۪ن تمن مثنوی نگارن منٛز شُمار یَس سبٹھاہ اہم مرتبہٕ تہٕ اعلیٰ مقام حأصل چھُ۔ فارسی زبأنی پیٹھ اوسس پورٕ پأٹھی دسگاہ۔ پیرزادٕ آسنہٕ کِنی کٔرن فارسی، عربی تہٕ قرآن وحدیثٕچ تعلیمی گٔری حأصل۔ یوٗہے چھُ وجہٕ زِ تٔمی چھِ فارسی زبأنی منٛز تہِ شأعری کٔرمٕژ۔ مثالہِ رٔنگی نمھون اکہِ منقبتکی یِم شعر ۔

دِل پُر از امید بادستِ تُہی

آمدم تا بذل انعامے دِہی

از کرم برسایلے محتاج تر

یک نظر یا شیخ حمزہؒ یک نظر

شاہا بگدائے بخدا یک نظرے

کاندر دل و جان ز ظالمانش حذرے

درکیشۂ اونیست نہ سیم و زرے

جز آنکہِ سرِ کوے تو وارد نظرے

یا حضرت مخدوم نگاہے ز کرم

مقبول خودم بکُن روز بدرم

مثنوی مولانا روم تہٕ فارسی زبانٕی ہندٕ ن باقے تھدِ پایکین مثنوی نگار شعرا ہن ہٕنٛد اوٗسس پؠٚر مطالعہٕ۔ فارسی مثنوی آسہٕ پؠٚر ہندوستانس منٛز مقبوٗل سپز ہٕش تہٕ کشیرِ منٛز تہِ اوس فارسی زبانٕی ستی ستی فارسی مثنوی یہِ پرٕنک تہٕ لیکھنٕک سلسلہٕ شروع سپدٕ مُت۔ یوہے چھُ وجہ زِ محمود گامی چھُ پرٕنہٕ پأٹھی مثنوی لیکھنٕک آغاز کران تہٕ سُہ چھُ ذوقہٕ تہٕ شوقہٕ سان فارسی مثنوی یہِ کأشرس منٛز پھِران۔ أمِس پتے چُھ مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأری تہٕ فارسی مثنوی ''گلریز'' کأشرس منٛز ترجمہٕ کران۔ یہِ مثنوی ترجمہٕ کرنہٕ علاوٕ چھُ مقبول شاہ بیٚیہِ تہِ کینٛہہ مثنوی یہِ تصنیف کران۔ یِمن منٛز گرٕیسی نامہٕ، بہار نامہٕ، پیر نامہ، قصہ حضرت صأبر تہٕ منصور نامہٕ بیتر قابلِ ذکر چھِ۔

گرٕیسی نامہٕ: ''گرٕیسی نامہٕ'' چھُ ساس پیٛٹھی شعرن پٹھ مشتمل اکہِ طویل مثنوی ہنٛز بحر منٛز تحریر کرنہٕ آمُت۔ اتھ منٛز چھُ أکِس مخصوٗص طبقس گرٕیستمن پٹھ ہجو کرنہٕ آمُت۔ مثنوی منٛز چھُ مقبول شاہ مقأمی موضوع ورتأوِتھ پننہِ وقتکہِ اکہِ خاص معاشرٕچ تصویر گران یوسہٕ سبٹھے تژ وش زبانٕی منٛز بروٚنٛہہ کُن یوان چھِ۔ کینٛہہ شعر چھِ پیش

چھےٚ شیطانس تہِ دِژٕہٕش گرٕیسی بأزی
منأفق سأری دیٛہقان عام رٕکھیو خاص



اژن گرٛشھِ لرزٕ بوٗزِتھ گریسی سُند ناو
ہتس روپیس چھِ کُنمُت گریستے گاو
خرِیدارن دِہن بیوٚن بیوٚن سو ہاوُن
أکِس بیِیہِ یِنُز خبر اصلا نہٕ تھاوُن



یِمن نِشہِ ضایہِ یِکسانٕچ تلافی
عہد شکنی ، دغا، وعدٕ خلافی
لبکھنہٕ دُرٕ پوربر اِستقامتھ
یِہند پوٚز عوہد صُبحک شام تامَتھ

بہارنامہٕ: یہِ مثنوی چھےٚ سونتہٕ کالُک پوٚت منظر ذٔہنس منزٕ ٹھ لیکھنہٕ آمُت۔ یہِ چھِ اکھ ہتھ تہٕ ستن شعرن ہنٛز ژھوٚٹ مثنوی۔ اتھ منٛز چھُ کشیرِ ہنٛدین مختلف صحت افزا مقامن ہُند تذکرٕ کرنہٕ آمُت۔ بہارس منٛز چھُ مثنوی نگار شالہِ مار، نشاط، تیل بل تہٕ سائہِ ڈلُک ذِکر کرِتھ اَچھ منظر کشی خوبصورت اندازس منٛز پیش کران۔ بہارس منٛز رنگہِ رنگہٕ قسمکین پوشن ہُند پھولُن تہٕ مختلف جاناوارن ہُند بول بوش کرُن چھُ مقبوٗل شاہ کرالہٕ وآری یِیمہِ انمانہٕ پیش کران ؎

بہار آو پوش گلو ہیوٚت پھولُن
غمک شین زن ہیوٚت گلن تے ژلُن

بہار آو رشکِ ختن گوڑ زمین
سپُن کوہ و دریاچو دریاے چین
بہار آو لوگ سأر گشتی بہ ڈل
سَمے خیل درخیل در تیل بل
بہار آو پھولی لالہٕ در شالہٕ مار
چوخوٗ باں خیاباں پٔنٹی زرنگار
بہار آو لوگ مالکہٕ اندر نشاط
نگاراں بستِ بر نگاریں بساط
بہار آو گربز جانوارو تلگھ
ژوٗلگھ گل وُچھِتھ غوصہٕ تہٕ دِل پھُٹگھ
بہار آو تُل عندلیبو سرود
نوا زندٕ سازندٕ بر بانگ روٗد
بہار آو لوگ بولنے پوشہِ نوٗل
ٔمدری نالہٕ از شوق ترٗاوان بہ طول
بہار آو قُمری چھِ کوٗ کوٗ کران
نُمتھ فاختہٕ ذِکر ہوٗ ہوٗ کران
بہار آو کستوٗرنے ژوٗل کجر
چھُ مشغول ذِکر خودا بر شجر

بہار آو آو ہُد ہُد بشاخِ مُراد

چھُ سأ لک چھ مشغول ذِکر ہداد

پیر نامہ: یہِ مثنوی چھےٚ گوڈٕ واریاہ طویل اُسمٕژ مگر کینژہ وجوہاتو کنی چھےٚ پتہٕ موختصر کرنہٕ آمٕژ۔ مثنوی منز چھِ کٔشیرِ ہنٛدِس اُکِس خاص طبقہٕ پیٖرن پٮ۪ٹھ طنز کرنہٕ آمُت۔ وُنی کینہہ چھِ اَمہِ مثنوی ہنٛدی کُل بل اکھ ہتھ تہٕ ژٕہجی شعر موجوٗد۔ کینٛہہ شعر چھِ مثالہِ باپتھ پیش۔

چرس تے بنگہٕ چیتھ یُس ننگہٕ پھیری

کرن تَس پرٛژھ دَین یِی گیِٔہ فقیٖری

تھوکن اتھہِ دارنس چرسہٕ تھوکن اُس

فلأنی بُڈ بلاے آمٕژ اُمی کأس

نظر کر یم چھِ پانس خاص زانن

ھزر دِتھ چھکھ عوام الناس مانن

گُمان چھُکھ اُسی لُکن اندر چھِ افضل

پگاہ زِیر علم یِن سایہٕ سے تل

چھ گاٮ۪ٕژ پاک پاداہ اُڈرن سأئی

چھِ اصلی جنتس اندر پرُن سأئی

اَسی تامتھ چھُ مارُن تے بچاوُن

اَسی تامتھ وُجارُن تے بَساوُن

ادب یا علم اصلا چھُکھنہٖ درکار

غبی تتھ ہِکتی وٹِن کرِنس چھُ ہشُیار

اوڈُے الحمد پرٕی تھے چھکھ گرٕھان زیر

قلمدان ہیتھ چھِ نیران وونی سپنی پیر

مُرٕیدن مُفلسن مُہنے چھِ نیران

شناسن ناشناسن نِش چھ پھیران

ختم کبتھ ہٕدیہ کھبتھ خوشحال و خورم

تسلی چھکھ کران وونی چھُس نہٕ کینٛہہ غم

قصہٕ حضرتِ صأبر: یہِ مثنوی چھےٚ لگ بگ ترٛہہ ہتھ شعرن پیٹھ مشتمل ۔ اتھ منٛز چھُ حضرت صأبر ہٕندِ صبرُک اوحال مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأرِی یِتھہٕ پأٹھی پیش کران ۔

روز دماہ بوز حضرتِ صأبرس

رنج و محنت کوٚت کالاہ دیو تنہٕ تَس

اوس روٗمَس منٛز تُہند جای قرار

گنج و دولت مال اوسُس بے شمار

زأہداہ پیغمبراہ پرہیز گار

پاک ذاتس کھوژُون لیل و نہار

الغرض بوٗزِتھ بہ آو شیطان لعین

عرض کوٚر تمۍ ہے رب العالمین

کونہٕ کرِ چانٛی بندٕگی حضرت ایوٗب

مال دیٖتمُت چھےٚ تِمس زیور تہٕ شوٗب

حُکم تمۍ ہے پیٹھ یوٚدمےٚ دِکھ اَکی ہے گرے

وُچھتہٕ ژٕے کُن ما عبادت سٕے کرے

گفت آندم حق بہ ابلیس لعین

حُکم دیٖتُ مے گژھ ژٕتَس ای شرم گین

خوش سپُن ابلیس بوٗزِتھ ایں سوخن

نار گوٚنڈنس بر زراعت ہیرِ بون

ایں خبر ییٖلہِ بوٗز حضرت صابرن

شُکرِ حق پوٚرنہٕ تمۍ پیغمبرن

صابرس سورُے زراعت زولنس

دانہٕ دانہٕ گاسہٕ ہتھ تمۍ گولنس

بارِ دوٗدُم نار دِتھ تمۍ گالٕنَس

گرٕی تہٕ گپن تیر وٗنتھ تمۍ زالنس

حُمد پرٕنے لوٚگ بسوے پاک ذات

مجنتہٕ روٚس از کڈو رَتھ گوس پاک

منصور نامہِ: یوٚدوَے وننہٕ چھُ یوان یہِ مثنوی چھےٚ طویل اَس ہٕ

مگر اَسہِ نِش چھِ امیُک صرف ژٕ ہتھ تہٕ ترٛ ہہ شعر موجود۔ منصور حلاج سُند مشہور واقعہٕ چھُ مقبول شاہ کرالہٕ وأری کأشرس منز تحریر کوٚرمُت۔ امِکی کینژہہ شعر چھِ مثالہِ باپتھ پیش۔

شیخ منصور اوس کأمل سألکاہ
مسلکِ شرعُک مُلکِ درعک مألکاہ
شانہٕ رس اندر سبٹھاہ مشہور اوس
تابع دہن ہُدا پُر نوٗر اوس
مُتشرع اوس کیٚاہ صاحب دِلاہ
بے خطر اندر عبادتھ کأملاہ
شعلے سو زندٕ نیران ازتو نوٗر
یتھ یہِ منز تتھ نیرِ نوٚن تمہِ کُے ظہوٗر
شیخ گوو فأنی زِ خود باقے بہ حق
ہیوٚت پُرن انی انا للہ تُمی سبق
درد مندو بوٗزی تو کیٚاہ گوو بنُن
من خود انی پأٹھی شیخن ہیوٚت وَنُن
منع کوٚرہس عألمو تے زأہدو
تَس اثرا صلانہ دردِل دانہٕ گوو
محو دَر احمد یہِ گوٚو ییرٛوُن زِ حد
روٗد پتھ میم منی باقے احد

قطرٕ میلتھ یُس بہٕ ڈرِی یا گووسہ باز
نِرِ ما پھیرتھ بہٕ داستان نیاز
عائلمو ییٚلہِ بوز از سلطان جواب
تاب کینٛہہ رۄدُکھ نہٕ ییے دراضطراب
عام لۄکن دیُت اشارٕ عائلمو
مُنکرِ حالو جھالو ظائلمو
جمع گئے عائلم تہٕ جاہل خاص عام
اُسی کل انعام تِم جاہل تمام

وننہٕ چھُ یوان زِ مقبۄل شاہ کرالہِ وأری چھِ اَمہِ علاوٕ یوسف نامہٕ، آب نامہٕ، نار نامہٕ، بےٚ بوج نامہٕ تہٕ ملہٕ نامہٕ تہِ لیٚکھی متی مگر وُنیکتام چھِنہٕ یم اتھہِ آمتی۔ مقبۄلُن سارِوٕے کھوتہٕ اہم کارنامہٕ چھُ ''گلریز'' مثنوی یوسہٕ کأشرِ ادبی سرمایک اکھ شاہکار ماننہٕ چھُ یوان۔ یہِ مثنوی چھےٚ کأشرس منٛز پھرنہٕ آمٕژ۔ اصل مثنوی چھِ ضیاالدین نخشبین فارسی یَس منٛز لیچھمٕژ۔ فارسی زبأنی منٛز ییٚج نہٕ اَتھ مثنوی تیٚژ مقبۄلیت تہٕ شوہرتھ ییٚژ اَتھ کأشرس منٛز حأصل سپٕز تہٕ بقولہِ عبدالاحد آزاد:

'' کتنا عجیب واقعہ ہے کہ '' گلریز'' جس زمین کی پیداوار اور جس باغ کا پودا ہے اس سرزمین اور اس باغ میں اسکی حیثیت

اتنی ہی معمولی ہے جتنا کہ کشمیری زبان میں اسکا ادبی مرتبہ غیر معمولی ہے اس سرزمین میں یہ گل سر بلند اس طور شاداب و سرسبز رہا۔ گویا اسے آبِ حیات سے سینچا گیا ہو"[۱]

نخشبی چھُ "گلریز" مثنوی گوڈ کتھِ ہتی ابتدا کران یوسہٕ نظمس منز چھےٚ تہٕ پتہٕ چھُ داستان نثرس منز تحریر کران۔ سُہ چھ رباعیہِ، قطعہٕ، تاریخی قصہٕ، قرآنِ شریفکی آیہِ، اولیاہن تہٕ انبیاہن ہٕندی اقوال زرین تہِ پننہِ دٕلیلہِ منز باوان۔ نخشبین چھےٚ "گلریز" تتھ زمانس منز لیچھمٕژ ییٚلہِ ایران تہذیب و تمدن، ثقافت، علمی، جاہ وجلال، پاپر جاأیی تہٕ فراغتی رنگہ طیس پیٹھ اوس۔ لحاذا چھےٚ یہِ سیٚزٕ ے کتھ زِ اَہنز مثنوی منز تہٕ چھُ اَمی قسمک ایرأنی خوش تہٕ خوشحال ماحول نظرِ گژھان تہٕ مثنوی تہِ چھےٚ اَتھ ساری ہے دورس تہٕ ماحولس وحاطہٕ کران۔ ووں گویوٚ تام زن مقبوٗل شاہنہِ مثنوی ہُند تعلق چھُ، سُہ چھُ اکے بحر ورتأوِتھ امیُک منظوٗم ترجمہٕ کران۔ امیُک آغاز چھُ حمد، نعت تہٕ منقبتہٕ ہتی سپدان۔ تمیٚ چھِ لگ بگ اَمِکی ساری واقعہٕ ترجمہٕ کرنچ کوٗشش کٔرمٕژ مگر تہِ کٔرِتھ تہِ چھےٚ کینژٕن واقعن ہنز ذکر یا تہٕ سرسری طور کرنہٕ آمٕژ نتہٕ چھِ موٗلے تراونہٕ آمٕتی۔ تہِ زن گوٚو ییٚلہِ عجب مُلکس نوشہِ لبہِ ہُند عشق گژھنے اوس یا تمیٚ ییٚلہِ نہٕ دُنہِ تس متلق کہنی تہِ

---

[۱] عبدالاحد آزادؔ، کشمیری زبان اور شاعری، جلد سوم، جموں و کشمیر اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز سرینگر، دوسرا ایڈیشن ۱۹۸۴ء صفحہ ۱۲۸ ـ ۱۲۹۔

بۆ زمُت اوس ، سُہ اوس تیُتھ اکھ شہزادٕ یَس نہٕ فلکھ تہٕ فکرِ کھسان اُسکہٕ تہٕ یُس نبس ہتی گاڈٕ بزِتھ کھۄان اوس ۔ عبدالاحد آزاد چھُ اَمِچ وضاحت یتھہٕ پأٹھی کران :

عجب ملک محفل عیش و عشرت میں اپنے ندیموں سے بڑے ہی تفاخر سے پوچھتا ہے کہ کیا تو نے کبھی اس شان کی محفل دیکھی ہے؟ فارسی داستان میں عجب ملک کے اس غرور اور نخوت پر ایک مزے دار کہانی لکھی گئی ہے ۔ کہانی ایسے ہے کہ ایک جوان تھا فرعون کی طرح مغرور نمرود کی طرح متکبر ۔ کسی کو اپنا ہم مرتبہ خیال نہ کرتا ۔ جس وقت گھر آجاتا دروازے کے کواڑ چلا اٹھتے ، ایک دن وہ جوان ان کواڑوں سے یوں مخاطب ہوتا ہے کہ " اے تختہ ایں چہ نالہ وزاری است کہ بدان عادت کردہ و ایں چہ قلقلہ بے قراری است کہ بدان خوی گرفتہ ۔ نہ سبب و نجے ظاہر کہ موجب آن اضطراب بود و مستوجب تعبے باہر کہ سبب ان اضطرار باشند "[1]

نوش لب یَس ہندِ حُسنکی تعریف بۆزِتھ عجب ملک سأری ہے عیش و آرامس لتھ دِتھ تَس ژھارنہٕ نیران چھُ مگر بخشی چھُ اَہندِ حُسنکی تعریف موخصر پأٹھی بیان کران ۔ مثالے ۔

---

[1] عبدالاحد آزاد ، کشمیر زبان اور شاعری ، جلد سوم ، جموں و کشمیر اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز ، سرینگر ، دوسرا ایڈیشن ، ۱۹۸۴ء ، صفحہ ۱۳۰ ۔

''اِمروز در مُلکِ دنیا خطبۂ زیبائی وسکۂ رعنائی بنام نوش لب است

اگر در شش جہات کون ایدوست

کسے را خوٗب بتٗواں گفت کان اوست

صورتیست کہ نقاشِ قدرت در نقش خانۂ روز گار صورتے بہ اَزو نکشیدہ و نقشے است کہ نقشبند قضا در نگار خانہ او نقشے خوب تراز و ندیدہ۔

ہر کسے از عشقِ او دیوانہٖ شُد

عالمے را کرد مجنون نوش لب

تا جہاں بوداست وقتے کس ندید

درلطافت دلبر چوں نوش لب[۱]

اتھ برعکس چھُ مقبوٗل شاہ کرالہٖ وآری پننہِ اندازٕ یمن شعرن منٛز نوش لبہِ ہُنٛد حسن وبٕڑھناوان ۔

چھُ ییتھ وقتس اندر در ملکِ دنیا

نگارِ گُل روخ ما شوقِ زیبا

بہ عالم چھُس نہ وُنی کہن کانٛہہ تہِ ثانی

بنیٚمٕژ تَس چھَ حسنٕچ مہربانی

تسُنٛد قد سروِ تازہ نخلِ طوبیٰ

شُدہ پروردہ در فردوسِ خوٗبیٰ

---

[۱] مقبول شاہ کرالہٖ وآری'' گلریز''، مرتب محمد یوسف ٹینگ، جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز، سرینگر، ۱۹۸۲، صفحہ ۴۰۶

اَلف زن دال ڈیٹھ گوسہ قامت

زِ غم شُد خم صنوبر درندامت

زِماہ تابندٕ تر چھُس لالہٕ روخسار

زِ کاکُل گُل روخس پیٹھ کالہٕ شہمار

تسُند موے سیاہ مُشکِ تتاٗری

سرِش پیوستہٕ اندر نافہٕ کاٗری

سو پیشانی چو ماہِ نیم ہفتہ

بہ بُرِج قوس جایے خود گرفتہ

ڈیکس پیٹھ ٹکہٕ چھُس زَن زوہر برماہ

نتے مریخ برخورشید دلخاہ

بُمن منز تروومُت کیاہ شوٗبہٕ وُن خال

ہُمائے حُسن بہ کشادہ پر و بال

نتہٕ زَن خیبر شہباز سیاہ رنگ

چہ آہوئے ختُن انداختہ جنگ

نتہٕ بوٚمبر کران ینبرزلن گتھ

نتہٕ یُتھ مَے کشاَمے خانہٕ ہے پتھ

دو چشمن جام مے یا کام جاں ہا

نتہٕ بیمار زیرِ سائباں

سیاہ تمہٕ چشمہٕ چھَس از سورمیے ناز
بہ آشوب زمانہ گشتہ دَم ساز
زِ نیزہ تیز ترتم تیرِ مژگان
تیٚمِس ین تھوٚد ووتھُن تَس کر چھُ امکان
روٗخس پٮ۪ٹھ خال اندر زُلفِ مشکیں
گوٚمُت زَن آہوےٗ چیں بستہ درچیں
شکرلب یٔوٚ ووزِلی از لال و یاقوت
تۄہۍ سورخی وُچھِتھ گولالہٕ فرتوت
دہانش غونچہِ کھوتے کاتٕہہ کمی نہ
لبِ لعلن شکر چاکر گگی نٕہ
سُہ سینہٕ رشکِ نقرٕ مُشکِ کافوٗر
روپہٕ ہٕنز زَن سِپر یا قُبہٕ نوٗر
چھُنہٕ تتھ سینہٕ ہِے آئینہٕ ہمسر
دُوپستانش حُبابِ آبِ کوثر
کھسہٕ وٕنی ٹوٗری زَن یا تازٕ انار
تمَن وُچھ وُچھ بلَن کائتیاہ چھِ بیمار
روپہٕ سُنٛد دست تمٔ سُنٛد دسۂ گل
چھُ کوٚرمُت سورخ زَن درخونِ بلبُل

کران رنگین اتھۍ ہاوِتھ گُلن گھ

بہ ضرب گُل گرِشھان تس منز اتھن ہیتھ

دوزلی تم مائزِ رنگہِ متی برگِ لالہ

نتہٕ چھن مؤلمتن خونِ غزالہ

فارسی ''گلریز'' مثنوی منز ییٚلہِ نوش لب وِیٚسہِ ناز مستہِ ہِنٛدِ دۍ سی عجب مُلیٕ کنی عشقہٕ داستان بوزان چھےٚ، سو چھےٚ متائثر سپدان۔ سو چھےٚ گُنہِ ژکھہِ ورأے سورُے بوزان تہٕ پٔنٛن جواب یتھہٕ پأٹھۍ دِوان:

''چوں من ایں سخن بشنیدم تعجب من یکے بدہ شُد و تحیر من از یکے بیزار شُد۔ گفتم عجب حالے وطرفہ مقامے اومرا چہ داندو چہ شناسدو چہرہ مرااز کُجا دیدہ ونام از کُجا شنیدہ است؟ اوکیست، وکہ خواہد بود۔ مولد از کُجاست ومنشا او از چہ جائے ...... چوں من ایں حکایت دِل سو وقصۂ جان دند کہ ضِمن آں نیم مکانات مے آیدو از طے آں ریاح حوالات مے زایدا صفا کردم واستماع نمودم۔ باخود گفتم کسے کہ سبب دلا ومحبت من مُلک و مالِ خود برباد دادہ و از پے تولانے مودتِ ماروئے دراکنافِ گیتی ہنادہ نارسیدن او از قاعدہ مروّت خارج بود ونا دیدنِ او از قانونِ فتوت بعید باشد شرایطِ محبت و مراسم موّدت آں است کہ تشنگانِ بادیۂ محبت راز شربت مشرب دباید داشت ومستعطشان کلبۂ مودت را از زُلال

مہنل رضا سیراب باید گردانید[۱]

مقبوٗل شہن چھُ یہِ واقعہٕ کاشُرس منز اتھ برعکس یتھہٕ کٔنی پھیُر مُت۔ تہِ زَن گوٚو ییٚلہِ نوش لب ویٚسہِ ہٕندِ دٕسی عجب مٔلی کنہِ عشقُک حال بوزان چھِ، تَس چھِ ژکھ کھسان تہٕ ویٚسہِ نِش کاشُر نسوانی نفسیاتہٕ مطابق شرافتُک اظہار کران۔

ژکھہِ ہٕژ یورِ دوٚ ہمس چھا یہِ شایاں

ژٕ تےٚ مےٚ دوستی وونی وأژ پایاں

نہ زانن کانٛہہ نہ زانٛہہ کانٛہہ مےٚ از تام

ژٕ کوٚ یژ چھکھ کران ناحق مےٚ بدنام

بہ پرٕ یتھ دوہس تامِتھ مےٚ چھُم ناو

چھُنہٕ لوٚ گُمت مےٚ یاون لنجہِ زاہ واو

کتھو چانہِ کرس غمگین و دِل تنگ

پھُٹر تھَم شیشہٕ لوٚ یُتھ ٲینس سنگ

روا چھا لی اَپز تہمت مےٚ أنی تھم

زہر بٔڈ شرأکھ زن وأنجہِ ژھٕنی تھم

نوش لبہ ہندِ جوابہٕ ستی ییٚلہِ نازمست ناکام گژھان چھِ، سو چھےٚ

---

۱ مقبول شاہ کرالہ وأری ''گلریز''، مرتب محمد یوسف ٹینگ، جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز، سرینگر، ۱۹۸۲، صفحہ ۳۱ـ۳۲

بدل حربہٕ استعمال کران۔ نازمست چھےٚ عجب ملکی کنہٕ تکلیفُک حال نوش لبہٕ بوزناوان زِ أمِس تام واتان واتان گُس حالِ بد چھُ عجب مُلکی کس گژھان۔ یہٕ حال بوٗ زِتھ چھُ نوش لبہٕ ہُنٛد رُم رُم عشقہٕ سٟری سپدِتھ وٕگلان تہٕ نازمستہٕ محبتُک اقرار دِوان۔ مثالے

مُفصل تمیٚ سُنٛدٕ ے تمہٕ حال وونم

سُہ غاٗرتھ بوٗزی تھےٚ میٚہ تہٕ حال اوٚنم

مےٚ پیٹھ تیٚمی یوٗت غاٗرتھ کوٚر سُہ وُچھن بن

لولے منٛز باگ لوٕلکی پاٗٹھی رٕ چھن بن

سُہ کوٚت گوٚمُت چھُ دوٚہمِس یور اَنتن

وُچھن لاٗزم چھُ روے آں سمن تن

گنٛے یِم راے تمیٚ ہنٛز گوم تاثیر

گیٚیس بوٗزِتھ تسُنٛد احوال دِل گیر

گیٚیم تہنٛدِ دیدارٕچ مےٚ گاٗرٕ

وٕتھِتھ تتہٕ تھوٚد گیٚیس بے اختیارٕ

فارسی ''گلریز'' مثنوی منٛز چھِ تِژھ مٕدٕر، میٹھ، سیوٚد ساد لے تہٕ زباٗنی ہنٛز روٗاٗنی نظرِ گژھان یِیمہٕ سِتی نخشی ہنٛز اعلیٰ شاعرانہٕ صلاٗحیت بروٗنہہ کُن یوان چھِ۔ تہٕ زَن گوٚو یِیٚلہِ عجب ملک تہٕ نوش لب باغس منٛز ملاقات کران چھِ، تمہِ باغٕچ تصویر کشی چھُ نخشی یِیمہٕ انمانہٕ کران ۔

نسیم یار مے آید ازیں سو
مرا سرمست خواہد کرد ایں بو
چہ بودست ایں کہ ہوشم بردیک پے
چہ جام است ایں حستم کرد بے مے
مگر مشکیں نافہ بکشاد
وگرنہ ایں چنیں بو از کجا داد
مگر ہر سو سمن زا راست اِمروز
کہ عالم را چنیں بینم چونو روز
مگر بُردند از دنیا ہمہ غم
کہ عالم ذوق دیگر دارو ایں دم
مگر روئے زمین شد آسمانی
کہ از بے داد نیست ایں جانشانی
مگر بادِ صبا فراش باغ است
کہ مارا بوئے جاناں دردماغ است
دِلم ایں بوئے دلکش مے شناسد
خوش آمد خوش قوی خوش مے شناسد
چمن رنگِ رُخ دِل دار دارد
جہاں امروز بوئے یار دارد

کُجائی اے گُلِ گلزار یاری

بیا آخر کُجائی ، درچہ کاری

تُرا وقت است بامن عہد بستن

نہ ایں ساعت پسِ پردہ نشین

مقبوٗل شاہنہِ کأشرِ ''گُلریز'' مثنوی منز تہٕ ییٚلہِ عجب ملک تہٕ نوش

لب باغس منز سمکھان چھِ ، زنتہٕ کشیٖرِ ہٕندِ اکہِ خوبصورت باغٕچ وِیٚز تصویٖر

چھےٚ گرنہٕ یوان ۔مثالے

بہارُک ابتداء اردی بہشت اوس

سپنمُت باغ زَن باغ بہشت اوس

رنگہِ رنگہٕ اُسی زَن گُلزار پھٲلۍمتۍ

زِمُستی پوشہِ نوٗل اُسی ہوشہِ ڈٲلۍمتۍ

لگن ییٚلہِ آسہٕ پوشن واوٕ گراۓ

ہراں اُس عطر باغس جایہِ جاۓ

چمن تے ڈوٗری بُری بُری اُسی پوشو

سگوٕۍمتۍ چینہٕ کھوٕ نافے فروشو

زلہِ وِنی گُل تہِ پھوٗلی ہرسو بہرنگ

پھولہٕ وٕنی صد برگ جعفر تہٕ نورنگ

یمبر زلہِ کھاسی گرٕمتی اَسی خاًلی

چھوِتھ پےٚ ہٕش بزیرِ پائمالی

عباسو کاسہٕ گرٕمتی اَسی لبریز

مے یا قوت گونہٕ چیٚتھ عرق ریز

گُل داوودنےٚ پیٚٹھ بُلبُل مست

زبورٕکی ہیٚتھ ورق زَن اَسی دردست

اَچھے پوشن لچھن ہنٛز اَس نہٕ گژند

کچھِ کنہِ نسترن اندر شکر خند

گولاب وہی تہٕ مسَول آرٕول کیٚاہ

کوٗلی کاٚتیاہ چمن برٕی برٕی مسَول کیاہ

سَزٕ پوشن پرٛزلوٗن رنگ کیٚاہ جان

دزٕ دزٕ اَندری ڈیٚشتھ سہ شہلان

نبفشہِ کارِ پتٕی تے عشقہٕ پیچان

چو زُلفِ گلعذاران عنبر افشان

تھرٛبن پیٚٹھ کیٚاہ ووزٕلی گلہاےٚ انار

ژَلن بُلبُل گُلن پیٚٹھ ما ہیوٗتن نار

سونہٕ پوشن چھنہٕ حاجت بہ تاٚریف

تمن بے سیم و زر بفتگ چھُ تشریف

گُلِ خورشید پوشن منز سرافراز
دوہس توشن شبس باغوصہِ دمساز
کلبن پٹھ محو گاۓمتی جانور أسی
گُلن وُچھ وُچھ زُوال شام وسحر أسی
لنگہِ لنگہِ أسی پھیران رنگہِ بُلبُل
رنگہِ رنگہِ یِی تِمن ہُنْد شورو غلغل
اگر فردوس بروۓ زمین است
ہمیں است وہمیں است وہمیں است
خوش الحال جوشہِ آۓتی جل تہٕ کستوٗری
تمی سوزِ تِمن ماتن گُمژ سوٗری
نہ ترٛژھ آواز سیتارس نہ سازس
نے تیُتھ چنگس صدا نے چین نوازس
نہ تیُتھ بُلبُل وزال نے نے نہ طنبوٗر
نہ تیُتھ میز مارو موسیقار و سنطور
نسیمس أس تتھ منز جاۓ آرام
نشاطک صبح زَن درشن تمیُک شام
مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأرٛی چھِ ''گلریز'' مثنوی منز اَمکی واقعہٕ، کردار تہٕ منظر بیترِ پننہِ ماحولہٕ مطأبق گرٛۍمتی۔ عجب مُلک تہٕ نوشہِ لب ییٚلہِ

باغس منز ملاقات کران چھِ جذبات نگاًری چھےٚ تمہِ وزِ ووتلان ییٚلہِ نوش لب عشقنِس سٔدرس منز ہبنہٕ چھِ یوان۔ سو چھِ پننِس محبوب ہٕنٛدِ باپتھ بے اختیار سپدان تہٕ بےٚ وایہ پاٚٹھۍ چھےٚ نارس ووٚتھ دِوان ے

أکِس اَکھ بوسہٕ ہیٚتِھ دِنۍ گلعذارو
وُچھان داغِ جگر روٗٹ لالہٕ زارو
گہے بریک دیگر گئے محوِ دیدار
ہمہ دردِ دروٗں کردیم اظہار
تکِن ہر کأنسہِ بوزِنۍ یم رموٗزات
زِ عاشق کیٛاہ وَنن وقتِ ملاقات
وُچھن گئے محوِ مُطلق اکھ أکِس کُن
مَے فرحت فزا ہیوٚت ساقین دیُن
مَیکِ تأثیر نے دیُت مُستی جوش
ژٹنۍ ہیٚتِھ دوٗرِ دوٗرے وصلکۍ پوش
دوشوَے از خرد بے گانہٕ سپٕنۍ
شرابِ شوق چٕتھ مستانہٕ سپٕنۍ
تتھے گئے شاد غم موٗٹھ پڑون بلکل
خُشی یِژھ بُلبُلس ڈیشتھ گرٛھان گل

چواں مَس أسی لولہٕ کہِ وصلہٕ شیشہٕ
بہتھ زَن اوس مجنون لألہِ نِشہٕ
دِواں أسی اکھ أ َکس کُن جامِ پُرمَے
زِسلکِ عقل و دانش یک طرف پےٚ
چھِو یمتیٖ أسی مَس چھ ہوشہٕ ستیٖ
پتھر پےٚ اتیٖ ، بوٚڈِتھ گائتیٖ بہ مُستی
سپُن ییٚلہِ وارٕ دِل از عقل خألی
بہ گردن ژٕھنیٖ أ َکس اکھ دست نألی
بہ خاب نازشوٚنگی برفرش دیبا
نہادہ روئے بر رُخسارِ زیبا
مُشِتھ گو نیک و بد گئے مست ہُشیار
خبر کیٚنہہ روزنہٕ از یارو اغیار

ییٚلہِ نوش لبہِ موج أ َکس وو پرمردس ستیٖ یکہٕ وَٹہٕ وُچھان چھےٚ، تَس پیٹھ کیاہ چھُ تمہِ وِز گُدران ۔ تمیٚک صورتحال تہٕ سہ صورتحال ژینتھ چھےٚ سو نازمستہِ پیٹھ کأفی ناراض گژھان تہٕ یہِ منظرتہٕ احساسن ہُنٛد تصویرچھُ شاعر یمن شعرن منز پیش کران ۔

شوٚنگِتھ یامت بہٕ وُچھنس باشکر لب
گیٚس رب میٚژ لئذن زَن پیوس پیٹھ نب

خفافت یئہٕ لٔجِس آزٕرد سپٕنۍ
خٔجِل گٔیہِ گوس دق آزٕرد سپٕنۍ

دۄ پٕن با ناز مست از غایتِ قہر
چھُ پٔزۍ پأٹھۍن سَنا میأنۍن اتھن زہر

یوٗ ہے چھا رسم و آیینِ اصالت
شرم دارن ژٕ ے تھاوٕتھ یژھ خجالت

خجالژ ٹونگہٕ ٹوکھ دِتھم نگینس
پُھٹم شیشہِ لٔجم گٔنۍ آب گینس

عداوتھ یُتھ کمیٚگ اوسُے ژٕ ے میونُے
گٔرِتھ رسوائے عالم کوٚر میأنۍ

ٔبدۍ ما زانِہہ گٔرٕ ے اَسِہ کرتہٕ اثبات
کرٕ ے نیکی ژٕ ے بد ہوٗوتھ مکافات

زبختِ واژ گوں میہرس قہر گوم
ٹٹبٹہٕ وَن شکرس ، مانچھس زہر گوم

ژٕ ے چھے نا کینہہ خطا راہ چھُم مےٚ پانس
مےٚ پانے پژان مِلوٗم زعفرانس

تُہنز أسم مےٚ وارا منہِ کامن
ژٕ ے دِتھم داغ تھاوٕتھم جاے پامن

یہِ کر زوٗنم مےٚ چھوٗ تِہِ دُشمن دوست
ہنٛدٕ ہُند رامہِ ہوٚنہٕ چھوٗ ژٕلتھ پوست
پھوٚرُم اِخلاص تۄہہِ ژٕتٕہن کرُن مےٚ
چھُ مُشکل نارِ حسرت وۄن درُن مےٚ
خبر چھنہٕ کیاہ ژٕےٚ آسِہے کینہٕ خاۓہی
توٚے پرٛژھِ روٗبہٕ اَنٛی ژھم روسیاۓہی
یہ کیاہ کوٚرتھم بہٕ گرٛژھس خارو رسوا
بجایے دوستی دوٚستوٚر یلی چھا

نوش لبہٕ ہنٛز موج چھےٚ اَمہِ پتہٕ پرٛی ین حُکم دِوان زِ عجب مُلکس گژھہِ صبحٕک گاش ترکستانہٕ تہٕ نوش لبہٕ پننہِ گرِ پھوٗلُن۔ ییٚلہِ نوش لب صبحس بیدار چھِ گژھان، سو نہٕ چھےٚ سُہ باغ وُچھان تہٕ نہٕ چھےٚ عجب مُلکس وُچھان۔ مقبوٗل شاہ چھُ تمہِ آیہِ اَمی ہنٛدی وبداکھ پیش کران زِ قأری یس چھُ عاشق معشوق ہنٛدِ ژھبہٕ گژھنک تصور، ہاوس تہٕ دلہٕ کنہٕ ارمانن ہُند منظر برونہہ کُن یوان۔

صُبح پھوٗل بُلبُلو تُل شورو غوغا
گئیس بیدار مُژربم چشمِ شہلا
خبر اَسم بہ چھس دربر نگارس
مقرر گوٚب چھےٚ پیٚنہٕ نیٚندر بہارس

نظر ترأوِم نہ ڈیوٗٹھم باغ نے گُل
نہ بوزُم از چمن آوازِ بُلبُل
نہ ڈیوٗٹھم یار نے گلزار نے باغ
نہ راتگ عاشؔ اِلا بَر جگر داغ
گٹہٕ میچھم صبح سپنم غمُک و شام
مصیبت پیٚوم اشک از غم کرم دام
ہٚیتم وٗنی دِنی نگارس گلعذارس
پس و پیٚشس یمینس تے یسارس
وُچھم نہٕ روے زیبا یارٕ سُندٕ ے
نشانا کانٛہہ تہٕ تَس دلدارٕ سُندٕ ے
بجاے گُل بہ سینہٕ خار ڈیوٗٹھُم
ہیوٗتُم ژھانڈُن خزانہٕ مار ڈیوٗٹھُم
دیان أسس دِلس باچشم پُر آب
سو مجلس راتچی ما آسہِ ہے خاب
سُہ عأشا راحتا دوشوٗنی بربما اوس
خُشی شوٗبس وَٹنی کر ماتما اوس
مژر اوٚنم تژَر کوٚرنم بدٕنس
ودان آلو ہٚیتم دِنی تَس مدٕنس

ہۄندر لاَ گِتھ نێندر پاَوِتھ ژۄلوہم
فِراقا للہٕ وُن تھاَوِتھ ژۄلوہم

مَتو ژلتم متیو مٕشراَوتھس بٔہ
پِتو بیێہٕ سَتھ گرٛھم مٕشراَوتھس بو

پرن پادن پیٚہ تھوٚتھم مےٚ لادن
دِتم سر آلوے ، آلو ژےٚ نادن

وَدن تراَوِتھ ژلن ژۄرے رواچھا
تھوٗن یتُھ داغ مستوٗرے روا چھا

دُرِ پھلہِ میاٗنہِ کتھ گوشس رٕٹتھ جاے
ژےٚ گوشن میون گوے نا تراَوتھم ماے

خرِیدارو کمیٚو بازارِ ژھارتھ
مےٚ تاوَن پووتھم کمہِ وانہٕ گارتھ

کوٚتو ژۄلہم متیو مجنونہٕ میانے
مےٚ تھووتھم دود للہٕ وُن لاَلہِ جانے

تھپھا دِتھ نقدِ دِل ہیتھ دۄر گوہم
جفا کارو شِلس سٕنٛز ژۄر پیٚوہم

مدن وارو بدن گوہم مےٚ زاَلِتھ
ہسکے نو دۄرُک آتش ووٚنی ژاَلِتھ

شیٛچھالدٕ ہے اما کاٗنہہ چھُم نہٕ دردِل

ژٕے تھوٚوتھم لالہٕ رویو داغ بَر دِل

ییتو ہا صبحکے خوشبویہِ واوو

ہِتو تَس گُلعذارس میٛانہِ گژاوو

مُدا اوہے کرٕنی آخر جدائی

یوٗہے چھا سأ طریق حق ادائی

ہتو واوو ژٕ کیٛا زانکھ مےٚ کیٛا گو

گٔمتی چھم وأنجے دمگیر کی سرٕو

تنوٗرس عشقنِس منٛز چھس حطب زن

وٚنس دٕ دوٚن کوٚرُم تٔمی سرِوبنٛزن

کبابکی پأٹھی تُجنس گرم تاوے

اڈٕ دٕز ژٕنی گٔیم سرمۄر لاوے

تِتھس جانانہٕ ہے روٚستے لسابو

سُہ ترأوتِھ غأر نِے ہستِن بسابو

سُہ ترأوتھ منگہٕ کیٛا ییتھہٕ پأٹی پرٕنگس

سُہ ترأوتِھ ماز کربہٕ نقش ورنٛگس

مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأرِی ہنٛز '' گلریز'' مثنوی منٛز چھُ کشیٖرِ ہنٛدِ فطری

حسنٛک عکس تہٕ نظرِ گژھان۔ مثنوی منٛز چھُ کأشُر گوٚن، باغ، دریاو،

مأدان، جاناور، ونہٕ وُن کشیٖرِ ہنٛز مختلف پوشہٕ ذأژ تہٕ فراقکی بأتھ کأشرِ مزاژ مطأبق وننہٕ آمٕتی ۔ مقبولن یوسہٕ زبان اتھ منٛز ورتأوِمٕژ چھےٚ ، سو چھےٚ کأشرِ ٹکس خزانس زیادے قریب لبنہٕ یوان ۔ مثنوی منٛز ییمہٕ آیہٕ باغُک ماحول، پوشہِ چمنن ہُنٛد برجستہٕ آسُن ، کولن منٛز شور ، بُلبُلن ہنٛدی نغمہٕ ، جاناورن ہُنٛد بول بوش، پہاڑن ہُنٛد تھزر ، دریاون ہُنٛد خوف، محبتُک الاو، جدأیی ہُنٛد کریوٗٹھ سفر، محبتُک سماع تہٕ صُبحکہِ وقتہٕ جاناورن ہُنٛد چرگش بیترِ ہاونہٕ آمُت چھُ ، سُہ چھُ نخشبی ہنٛز مثنوی مقابلہٕ زیادے شوٗبہٕ وُن تہٕ لوٗبہٕ وُن باسانِ ۔ مگر یِہ تہِ چھُ پزر زِ کینٛژَن جاین چھُنہٕ مقبوٗل شاہ نخشبی ہنٛدین واقعاتن صحی پأٹھی کأشرِس منٛز بیان ہیوٚکمُت کٔرِتھ ۔ مثالے سمندرس منٛز ییٚلہِ عجب ملک تہٕ تٔمی ہنٛدی ستی بوج طوٗفانس منٛز ہینہٕ چھِ یوان ۔ مقبول شاہ چھُ اَمِچ ذکر سرسری طور کران ییٚلہِ زَن نخشبی اَمہِ طوٗفأنی منظرِچ ذکر زوردار اندازس منٛز بیان کران چھُ ۔ مثالے

"عجب ملک دریں گفتگو وجستجو بود کہِ صرصر تُند خیز در استھوا درآمد ۔ وخیلِ ریاح بَر دریائے تاختن کشیدہ ۔ بادی نجاست بادی_ چگونہ بادی! تُند خیز۔ گرد انگیز ۔ ہوا گرد رگیتی نورد۔ روندہَ بے جان...... پیک تیز رَو وسفیر سُبک رَو۔ شحۂ فزِان ، نقیبانِ قضا ہوا را درحرکت آوردند...... ہر بار موج آنچنان گنبد میکرد کہ بہ گنبد گرِدوں میرسد تیغ برق از قرابِ سحاب بکشید، وآتشِ صاعقہ از

کورٕ اشیر بدمید۔ گردوں پیلاں عماری بدانید۔ درعدُ ہل جنگی بُجنبانید۔ ہوا سنگِ ژالہ در منجنیق ابر بہ نہادہ...... اہلِ دریا نیز اسباب محاربت بساختند۔ نہنگ یمنچہِ بکشید...... ماہی جوشن پوشید۔ دُر از حُقہ دان بیرون آمد۔ و گوہر خود نموُدن گِرفت...... موج درمیدان دویدَں گرِفت،[۱]

مگر مقبوٗل شاہ چھُنہٕ یہِ واقعہٕ زور دار اندازس منٛز بیان ہیوٚ کمُت کرِتھ۔ اَتھ ہیکہِ یہِ وجہ أستھ تِمؠ اوس نہٕ پننوٚ أچھو نہ سمندرُ وٗچھمُت تہٕ نہ سمندرس منٛز ووٚتھن وول طوٗفان حالانکہِ کشیٖرِ منٛز اوس تس دید مان ڈل مگر عجب ملک تہٕ تیٚنٛد دوس چھُ نخشبین سمندری طوٗفانس منٛز پیش کوٚرمُت یٖیلہِ زَن کٲشیٖرِ ہِنٛدِس ڈلس منٛز یہِ منظر ووتلاوُن شاید مُمکن اوسنہٕ۔ سُہ چھُ اوٚ کنی صرف کینٛژ نے شعارن منٛز یہِ صورتحال باوان ؎

پے ہِتی فکرن یمن تِم أسی ووٚتھ واو
زِ دٔریا موج ووٚتھ آبس پھٕٹکھ ناو
سُمِتھ گئے غرق در دٔریا خوٗنخوار
بوٚڈکھ سامانہٕ سوٗرے گرُی معہ بار

یوٚ تام زَن مثنوی ہُنٛزِ زبأنی ہُنٛد تعلق چھُ اَتھ کتھ چھُنہٕ کانٛہہ تہِ شک

---

[۱] مقبوٗل شاہ کرالہ وٲری، ''گُلریز''، مرتبہ: محمد یوسف ٹینگ، جموں وکشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز، سرینگر، ۱۹۸۲ء صفحہٕ ۳۹۔

زِ مقبۆلن چھِ فارسی آمیز زبان ورتاوِمژ بلکہِ یہِ وَنُن تہِ چھُنہٕ شاید غلط زِ کینژَن جاین چھِ سیّدِ سیٚو دبراہ راست فارسی زبانٕے ورتاوِنہٕ آمژ ۔ مثالے

گُلے بشگفت از گلزار شاہی
گرفتہ بوئیش از ماہ تابماہی



زِ ہر کس در ہنر مندی سبق بُرد
وزاں پس سر بہ دیگر علمہا کرد



بعلمِ پہلوانی گوو قوت دست
سپُن در ہر ہُنر مندی سہ سرمست



چو ماہِ چاردہ تابندہ رویش
معتبر تر زِ عنبر زلفِ مویش



سمن برسیم تن ، معشوق طناز
قدش درباغِ جاں سردِ سرافراز



بہ تخت زر نشستہ شاہزادہ
غلاماں دست برسینہ نہاد



برنگِ دِل پذیر و گونہ خوب
فریبندہ بجلوہ ہم چو محبوب



زِ دیدارش دِل شہزادِ خنداں
نہ در زنداں گُل چوں دردِ منداں



بشرینی زبان ناگاہ بہ کُشاد
دُعائے جاں شہہ بنیاد بہ نہاد



تو کردی لطف و احساں ہر چہ شاید
ولیکن خدمتت از مَن چہ آید



تو مے خواہی بریں یک شربت آب
شوی بَر حالِ مَن واقف دریں باب



مثالِ پیر زن ہم توبہ خاہی
شُدن محرم بایں حالِ تباہی



بہ ترکستان ولایت بود شاہی

بہ ملک و مملکت عالم شاہی



سمن بویو سَمن برقد جوانا

پری روخ ماہ وش خوش خوے رعنا



دِواں ساقی زِ جام خُرمی مَے

بدست شاہ پُرکردہ پیالے

مگر یمن فارسی شعرن ہُنٛد تعداد چھِنہٕ زیادٕ بلکہِ چھےٚ مقبوٗلن گلھم پاٹھی میٹھِ تہٕ مٔدرِ کأشر زبان ورتاوِمٕژ۔ یہِ زبان ییژٕ اہ سہل تہِ آسان چھےٚ تیژٕ ے چھےٚ اتھ منٛز تخلیقی قووتھ تہٕ حرارت موجود۔ یُہ چھُ بعضے عام فہم کأشرِن لفظن تِتھہٕ کٔنی استعارن تہٕ علامژن منٛز پیش کران زِ لفظن ہُنٛد پوٚت منظر چھُ بدلان تہٕ تخلیقی طور کمال پژٕ اوان۔ مثلن

خبر اَسم تہٕ چھُس در برنگارس

مقرر گوٚب چھےٚ پیٚنٛز نیٚندر بہارس

نظر تراوِم نہ ڈیوٚٹھم باغ نے گُل

نہ بوزُم از چمن آوازِ بُلبُل

ہوٚندر لأگتھ نیٚندر پأوِتھ ژوٚلوٚ ہم

فراقا للہٕ وُن تھأوِتھ ژوٚلو ہم

متو ژلتم متیو مۆرأوتھس ئہ
یتو بیٛیہِ سَتھ گرٛھم مۆرأوتھس ئہ
پرن پادن پیھ تھوٛتھم مےٛ لادن
دِتِم سرآلوے ، آلو ژےٛ نادن
وۄن ترأوِتھ ژلن ژۄرے رواچھا
تھون یتھ داغ مستورے رواچھا
خرېدارو کمیوٗ بازارِ ژھارتھ
مےٛ تاوَن پووتھم کمہِ وانہِ گارتھ
ہرے یَس آرِوَل گولاب بویو
دۄزس مہتاب زَن مہتاب رویو
کوٚتو ژوٚلہم متیو مجنونہٕ میٲنے
مےٛ تھووتھم دود للہٕ وُن لالہٕ جانے
مدنوارو بدن گوہے مےٛ زألتھ
ہیکے نو دۄرِ رُک آتش وول ژألتھ
یتو ہا صبکے خوشبویہ واوو
ژِتو تَس گلعذارس میانہِ گژاوو
مُدا أیہے کرِنی أخر جدأیی
یوہے چھاسا طریق حق ادأیی

خزانان ژام اژونی ہے بہارس
سُلی دوہ لۆستھے پوہ گو ہارس
گُجس کج کامہِ دیونہِ آمہِ نے یَس
لۆگُم درِ لاوِ مۆرے آوِ سے یَس
تِتھس جانانہِ ہے رۆستے لسابو
سُہ ترآوِتھ غارنے ستمن بسابو

گُلس پیٹھ وَنوِی زِ "گُلریز" مثنوی منز چھُ ضیا نخشبی مقدوٗرِ مطابق پننہِ صلاحیتک کمال ہاوان۔ سُہ چھُ مثنوی ہنز ڈلیل ہیرِ پیٹھ بون تام روانی، شیرینی تہٕ مُدرِس اندازس منز پیش کران۔ تِہندِس کلامس تہٕ لہجس منز چھے پوختگی تہٕ شگفتگی لبنہٕ یوان۔ یہِ کتھ تہٕ چھے ژتس تھاوِنی لایق زِ مقبولن چھے "گُلریز" مثنوی کشیرِ ہندِ تہذیب وتمدن، ماحول تہٕ سماج نظرِ تَل اَنِتھ ترجمہٕ کرمِژ۔ تمی چھِ موقہٕ محلہٕ مطابق حالات تہٕ واقعات بیان کری مِتی۔ مقبول شاہ چھُ ترجمس منز سماجی قدرن ہُند پوٗرٕ پوٗرٕ خیال تھاوِتھ عوامس بروٚنٹھہٕ کنہٕ ویہِ ونی ڈلیل پیش کران۔ گویا دوشوٕے تخلیق کار چھِ پننہِ پننہِ تخلیقی بترِ مطابق اتھ ڈلیلہٕ پیش کران۔ نخشبی ہرگاہ پننہِ ڈلیلہِ پنُن سماجی، ثقافتی تہٕ تواریخی ماحولس منز پیش کران چھُ تہٕ تِتھے کٔنی چھُ مقبول تہِ اتھ ڈلیلہِ پننہِ تہذیبی ماحولہٕ تہٕ مزاژ مطابق ورتاوان۔ اکھ چھُ فارسی زبأنی پنُن ذریعہ بناوان تہٕ بیا کھ کأشرِ زبأنی تہٕ دوشوٕے چھِ دون

زبانن ہٕندی اَندرِم گۄتھ گوشہِ تخلیقی سۄتھرس پٮ۪ٹھ پیش کٔرِتھ پنٕنہِ پنٕنہِ کمالُک پے دِوان۔ وون گو ویتھہ کتھہ پٮ۪ٹھ چھہِ سارٕی محقق تہٕ نقاد متفق زِ نخبشس مقابلہٕ چھہِ مقبوٗل ہشٕز گلریز تخلیقی اعتبارٕ زیادٕ طاقتور تہٕ یو ہے تخلیقی طاقت چھُ اتھ مثنوی یہِ فارسی کھوتہٕ زیادٕ کأشرس منٛز شہرتھ بخشان۔



# سامنامہ ـــــ اکھ رزمیہ مثنوی

رزمیہ ادب چھُ دُنیہچن تمام قدیم زبانن منز موجود۔ رزم گو وۍتھ منز جنگ و جدل ہاونہٕ یِیہ۔ اِد سُہ مُلکی سطحک آسِتن، مذہبکس ناوس پیٹھ آسِتن یا عشق و محبتس پیٹھ مبنی آسِتن۔ غرض ہر حالس منز چھُ صرف تہٕ صرف جنگ اکہِ نتہٕ بیٚیہِ طریقہٕ بیان کرنہٕ یوان۔ رزمیہ مثنوی ین یا جنگنامن چھُ پنُن الگ وجود، مقام تہٕ الگ رنگ آسان۔ اَمکی کردار چھِ بہوڈری تہٕ طاقتوری ہندی کارنامہٕ ہتھ بروٚنہہ کُن یوان تہٕ مأدانہِ جنگس منز تیر و، کمانو، شمشیر تہٕ گورز و بیترِ چیزوۍ ستی بے وایہِ جنگ کرِتھ پنُن ناو رزمیہ دُنیہس منز گاشراوان۔ بقولِ امین کامل۔

''اَتھ چھُنہٕ شک زِ جنگ نامہِ لکھنہٕ وِزِ چھُ شأرس تخیلک دامن تہِ رٹُن پیوان۔ کینہہ خیألی کردار تہٕ واقعات گرٕنی پیوان مگر اَمہِ ستی گژھِ جنگی داستان تھزر لبُن، ڈراما پاٚدِ سپدُن تہٕ مرکزی کردارن و وتلاونس منز مدد میلُن۔ ہرگاہ یہِ مقصد پوٗرٕ گژھِ نہٕ، تمام تخیُل سأزی چھےٚ ببکار گژھان ٹکیٚ کہِ چھُ خاہ مخاہ اصل توأریخی واقاتن تہِ نِس ڈلان''[۱]

[۱] شیرازہ، کأشری جنگ نامہ، سرنامہ، امین کامل، جموں و کشمیر اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز سرینگر ۱۹۷۷ء صفحہ ۵

اگر چہ مثنوی نگارس رزم لبکھن وِزِ امہِ کین کردارن ، واقعاتن تہٕ امہِ کس تواریخی پوٚت منظرس متلق پوٗرٕ زانکاری آسان چھُنہٕ مگر سُہ چھُ اکثر و بیشتر خیالی واقعاتو تہٕ تخیُلی کردارو ذٔسی کارنامہٕ انجام دِتھ پنٕنس فن پارس زیادٕ کارآمد تہٕ دلچسپ بناوُن یژھان۔

پرٛتھ قومُک تہذیب وتمدن ، لسنکی بسنکی طور وطریقہٕ ، عادات واطوار ، تواریخ تہٕ رسم و رِواج چھِ امہِ کِس ادبس منٛز موجود آسان۔ اتھ کتھِ چھُنہٕ انکارے زِ فردوسیؔ (۳۳۰ ہجری ۴۱۵ ہجری) سُندٕ "شاہنامہ" چھُ کلاسکی رزمیہ ادبہٕ رٕنگی دُنیہچین تمام زبانن منٛز تھکن لایق کارنامہٕ۔ شاہنامُک ابتدا اوس بُنیادی دقیقی بن سامانی پادشاہ نوح بِن منصور ہٕندِس وٕنس پیٹھ کوٚرمُت تہٕ بقولِ شبلی نعمانی اُسن اَمِکی ۲۰ ساس شار مکمل کٔرِمتی مگر دقیقی کوٚرأکی ترُکی غلامن قتل[۱] تہٕ پتہٕ چھُ سلطان محمود غزنوی ہٕندِس وٕنس پیٹھ فردوسی دُبارٕ "شاہنامہ" لبکھنُک آغاز کران۔ سُہ چھُ دقیقی ہٕندِ بن شعرن تہٕ اتھ منٛز شأمِل کران۔ یتی چھُ أمِندس مرنس پیٹھ اظہار افسوٗس کٔرِتھ اَوہُند تذکرٕ یتھہٕ پأٹھی کران ۔

یکایک از وبخت برگشتہ شد

بدست یکے بندہ برکشتہ شد

---

۱؎ شیرازٕ ، کأشری جنگ نامہٕ ،سامنامہٕ ، غلام نبی خیال۔ جموں وکشمیر اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز سرینگر ۱۹۷۷ء صفہ ۲۱۲

زِ گشتاسپؔ وار جاسپ بیتے ہزار
بگفت و سرآمد براو روزگار
برفت اوو این نامہ ناگفتہ ماند
چناں بختِ بیدارِ اوخفتہ ماند
خدا با بخشا گناہِ ورا
بیفز اے درحشر جاہِ ورا

ابوالقاسم فردوسؔی چھُ ۳۰ ؤری ین منٛز یُتھ عظیم کارنامہٕ یعنے ۴۰۰ ہجری منٛز پوٗرٕ کران۔ بقولِ فردوسی ؎

جہاں کرد ہ ام از سخن چوں بہشت
ازیں پیش تخم کس نکشت
بسے رنج ہردم دراین سالِ سی
عجم زندہ کردہ ام بدیں سالِ سی

''شاہنامہ'' چھُ لگ بگ شیٹھن ساسن شعرن پیٹھ مشتمل۔ فردوسؔی سُند ''شاہنامہ'' چھُ ایرأنی جاہ و حشمتس، شان وشوکتس، طرزِ جنگس تہٕ توأریخس علاوٕ اتھ ِکس تہذیبس پوٗرٕ پأٹھی وحاطہٕ کران۔ فردوسی ہنٛدِس شاہنامس منٛز چھُ سام تہنٛد بہادُرانہٕ کارانامو ِکنہِ سبٹھاہ مشہور۔ یُوٗ دوَے فردوسی یَس پتہٕ ایرانکیو باقے لکھاریو سام پہلوانس متلق الگ سامنامہٕ تحریر کرٕ یمن منٛز عسجدی تہٕ خواجو کرمانؔی ناوٕ ہنٛس لایق چھِ مگر

عسجدی سُند سامنامہٕ چھُنہٕ کُنی دستیاب ، عسجدی اوس محمود غزنوی ہٕندِ دربارُک شاعرتہٕ یہ تہٕ چھُ یوان ونہٕ ز، عسجدی ین اوسنہٕ کہنی تہٕ سامنامہ لیوٚکھمُت ۔ بہرحال خواجو کرمانیؔ (۶۷۹ ہجری ۔ ۷۵۳ ہجری) سُند سامنامہ چھُ موجود یُس ''ہمای وہمایوں'' ناو چھاپ سپد مُت چھُ ۔

دُنیہچین سارِنے زبانن ہٕندی پاٹھی سپز کاشرِ زبانی تہٕ ترجمہٕ کاری ہنز رِوایت سبٹھاہ ژیری نصیب ۔ اَمِکی کم وجوہات چھِ اتھ ہیکن مختلف نظرِین تحت جواب آسِتھ مگر کٲھم راے چھےٚ یہ زِ کٔشیرِ روز پٔرتھ دورس منز بیرونی حملہٕ آورن ہنز شکار تہٕ پٔرتھ حملس دوران آو ییٚتیُک گُلہم جاداد چاہے سُہ عوامُک اوس یا سرکارُک ، یا سُہ ادبی ، نقدی یا جنس اوس ، لوٗٹاونہٕ تہٕ برباد کرنہٕ ۔ یِمن حالاتن منز کانہہ چیز محفوظ روزُن اوس سبٹھاہ مشکل تہٕ ناممکن تہٕ ۔لہٰذا ہیکِنہٕ یِتھ کتھِ کہنی تہٕ انکار کٔرِتھ زِ ادب چھُنہٕ پٔرتھ وقتہٕ تہٕ پٔرتھ دورس منز تھنہٕ پیوان ۔ اتھ پوٚت منظرس منز چھُنہٕ یِتھ کتھِ نکار کرنچ کہنی تہٕ گنجایش زِ کاشُر ادب کیاہ آسہِ ہے نہ تھنہٕ پیوٚمُت ۔

کاشرِ ن اوس ژوداہمہِ صدی منزِ یِعنے ساداتن ہندِ ینہٕ ستی عربی تہٕ فارسی زبانی ہُند اوپ ژوپ گوٚمُت تہٕ پتہٕ آس مغل دورس منز فارسی زبان کٔشیرِ منز پوٗرٕ پاٹھی متعارف سپز مژ ۔ ارداہمہِ تہٕ کُنوہمہِ صدی منز آسی کٔشیرِ ہٕندی لوٗکھ فارسی زبانی منز پوٗرٕ پاٹھی لیکھن پرٕن زانان ۔ مظلوم تہٕ محکوم کاشُر قوم اوس ظلمک وجبرس منز ہیٚنہٕ آمُت مگر خوش قسمتی کِنی آسی فارسی

زبانٛی ہنٛز شاہکار رزمیہ تخلیقہٕ موجود یمن منٛز جوش، ولولہٕ تہٕ بہادری ہنٛدی کارنامہٕ آسی۔ یموٚ ستۍ تہٕ میچ کأشرِن اکِہ قسمِچ تحریک تہٕ متأثر سپدِتھ کوٚرُکھ کینٛژن اہم جنگ نامن کأشرِس منٛز ترجمہٕ۔ یمن منٛز شاہنامہ فردوسی (وہاب پرے حاجنؐی) سکندر نامہٕ (مولوی صدیٖ اللہ حاجنؐی) شاہنامہ، سکندر نامہ، جنگ عجم (خضر ملک صفأیی) سامنامہٕ (لکھمن جو بُلبُل) سامنامہٕ، خاور نامہٕ، جنگ امیر حمزہؓ (امیر شاہ کریری) ییٚترِ قابلِ ذِکر چھِ۔

پرکاش رام کُری گامی سُنٛد "رامایَن" (رامہٕ اوتار ژربتھ) چھُ کأشرِس منٛز جنگ نامہٕ رنٛگۍ موجود۔ پرکاش رامس علاوٕ چھُ کأشرِس منٛز بییہِ تہِ وارِیاہو شأعرو رامایَن لیوٚکھمُت۔ یمن منٛز پنٛڈت شنکر کولن "شنکر رامایَن" پنٛڈت آنند رام سُنٛد "آنند رامایَن ژربتھ" پنٛڈت وشنہٕ کول سُنٛد "ویشنہٕ پرتاب رامایَن" پنٛڈت نیل کنٹھ شرماہَن "شرما رامایَن" پنٛڈت تاراچندن "تاراچندی رامایَن" تہٕ پنٛڈت امر چندن "امر رامایَن" قابلہِ ذِکر چھِ۔ یمو منٛزٕ چھُ صرف پرکاش رام کُری گامی تہٕ پنٛڈت نیل کنٹھ شرما سُنٛد رامایَن چھاپ سپُد مُت۔ رامایَن لیکھنس متعلق چھےٚ مختلف رایہ دِنہٕ یوان۔ یہِ کر چھُ لیکھنہٕ آمُت تمیُک چھُنہٕ کانٛہہ سکہٕ تأریخ مگر عام محققن ہُنٛد خیالی چھُ زِ رامایَن چھُ الہٕ پلہٕ ترٛییہ ژور ساس وٕری بروٚنٛہہ لیکھنہٕ آمُت۔ کینٛہہ محقق چھِ ونان زِ رامایَن چھُ مہابھارتہٕ بروٚنٛہہ لیکھنہٕ آمُت۔ یہِ تہٕ چھُ ونہٕ یوان زِ مہابھارت چھُ لگ بگ زٕ ترٛییہِ ساس وٕری بروٚنٛٹھ

لکھنہٕ آمٕت ۔ یِیتھِن چھےٚ یہِ کتھ وَنٕنۍ تہٕ مناسب زِ کینژَن ہِینٛدی محققن ہُنٛد خیال چھُ دوشوے رزمیہِ چھِ پانژھ شبہ ساس وُری بروٚنٹھہ لکھنہٕ آمٕتۍ [1]۔ بہرحال یہِ سوُرے چھُ وُنہٕ تحقیق طلب۔

رامائن چھُ بُنیادی والمیکی یَن سنسکرتس منٛز لیوٚکھمٕت۔ تیٚمۍ تہٕ ہندوستانس منٛز رامائن لیوٚکھ پرٛتھ أکی چھُ والمیکی سُنٛد رامائن بروٚنٹھہ کنہِ تھاوِتھ پنُن رامائن تحریر کوٚرمُت ۔ پرکاش کُری گامی یَن تہٕ چھُ والمیکی ہنٛدِ ہے رامائنس پیٹھ استفادٕ کوٚرمُت ۔ یوٚ دوَے اَمہِ شاہکار رزمیچ کہانی ہندوستانٕچ چھِ مگر پرکاش رام کُری گامی چھُ پننہِ فنکہِ کمالہٕ سٍتۍ امیُک موضوع ، امِکۍ تمام کردار تہٕ واقعہٕ تمہِ انمانہٕ پیش کران زِ یِم چھِ تیٚمۍ سرزمینکۍ باسان ۔ مثنوی منٛز چھُ کشیرِ ہنٛدِ بن جاناوارن ،مختلف جاین تہٕ رنگہٕ رنگہٕ پوشن ہنٛز ذکر کرنہٕ آمٕژ مثالے۔

آو بہار بول بُلبُلو

سون وولو بریو شادی

کاوٕ قُمیر وُچھ پوشہِ نولو

آو نالاں زَن فری یادی



---

[1] شیراز ، کاشُری جنگ نامہِ رامائن ،موتی لال ساقی ،vol ۱۴ ، جموں اینڈ کشمیر اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز ،سرینگر ۱۹۷۷ء صفہٕ ۱۶۸۔

وندیو موٗنی بٔ پادن
ژھانڈٕ تھو رامہٕ رادن

وبٕرارناؠ گی وَتہِ لارے
ٹُژکہِ تارٕ پٕرارے

برٕہمہٕ سرٕ رٕکنی دِمَے کن
ژھانڈٕ تھو رامہٕ رادن

مہالشہٕ رٕکنی یماؠیو
ہرموکھ وٕنی دماؠیو

گنگہٕ بَل بل یُن چھُ آدن
ژھانڈٕ تھو رامہٕ رادن



ارِنی کھرٕ ہرٕ نکھس پیٹھ داؠن پوشن
دَپُن جافُر گلابس چُھنہٕ پوشن

یمبرزل یا یہِ گاؠرٕ برگِ کوسم
دپُن کوتاہ زٕرِتھ ہکہٕ چشمہٕ لوسم

ودن پمپوش آسَس چشمہ لوسن
تمِس شمشیر ہتھ گولارسوسن

سپُن رُوزٕرٕ سوٗنی پوش سبٕھاہ ہور
کونگن وُچھ پونپرے روٗزِتھ گیس کھور

گولابس ناد اَس لایان مسول
یِتم چھم تورٕ گُن راتس دوہس کل

رامایَن چھُ سہٕ عظیم رزمیہ یتھ منز غضبناک جنگی ماحول درینٹھی گژھان چھُ مگر پرکاش رام چھُنہٕ زوردار پاٹھی جنگک سماع پیش ہیوٚکمُت کرِتھ۔ سہٕ چھُ جنگک منظر یِیمہِ انمانہٕ پیش کران۔

کوٚڈُن ترکش زِ رٕ جبہٕ جامہٕ ثٲمی وٕلی
نکھس پیٹھ ہتھ کمانا دڑاو ٹلی ٹلی
اُچھن پھش پھش دِوان لارِو یودس آو
کھیٚلس منز باگ زٕن پادر ہیہا ژاو
رٹن یَس تَس ژٹن سرزن کپر تھان
کرن پارے ڈُبارے تَس نسأ جان
وُچھن یَس تَس بچھن اُژدر ہوٚن جان
ژلن یُس تَس ولن زَن مارِ پیچان
کمان پھُٹ تیر سوٚرِتھ دڑایہِ شمشیر
ژٹکھ جبہٕ جامہٕ تھچھ لاٗیکھ رٕٹکھ گیر
گرالتھ اکھ اَکِس لایاں گرامش
گرا بُتھی کنی پھوان تم پشت بر پُش

وہاب پرے حاجنی، لکھمن جو بلبُل تہٕ امیر شاہ کریری اَسی پانہٕ

وٲنۍ ہمعصر۔ فارسی زبانۍ پٮ۪ٹھ دسگاہ آسنہٕ کِنۍ چھِ فارسی اَدبچ٘ن شاہکار رزمیہ مثنوی ین کٲشرس منز ترجمہٕ کران۔ وہاب پرے چھُ فردوسی ہٕنٛدِس ''شاہنامس'' کٲشرس منز ترجمہٕ کٔرِتھ اکھ اہم کارنامہٕ انجام دِوان۔ یہ ترجمہٕ چھُ ژھوٚٹراونہٕ آمُت مگر محی الدین حاجنؔی صاب چھُ اَتھ متعلق یِتھہٕ پٲٹھۍ پنٕنۍ رائے پیش کران:

''ترجمُک کمال چھُ یہ زِ اصلہٕ اندر چھُنہٕ کانٛہہ پلاٹ یا کانٛہہ کردار سراسر پٮ۪تھ تراونہٕ آمُت۔ صرف چھِ فردوسی ہٕنٛز بسیار گوئی ژھوٚٹراونہٕ آمٕژ۔ تِکیازِ تَس اوس وُمبرِ اکُے کاراتہٕ وہابس اوس شاہنامُک ترجمہٕ ہتہٕ کارٕ منز اکھ کار۔''[1]

وہاب پرے یَن چھُ شاہنامُک ژوٗرِم حصہٕ مکمل طورٕ ترٲوِتھ ژھٔنمُت یِتھ منز زردشت تہٕ گشتاسپ سُنٛد عہد نامہٕ تہٕ درج اوس یُمیُک اقرار پانہٕ تہٕ حاجنؔی صاب کران چھُ۔ وہاب حاجنی یَن کوٚر شاہنامہ واریاہ موختصر پٲٹھۍ پیش یِیمہِ ستۍ اَمچ رنگینی، خوبصورتی تہٕ فنی گون بیٚترٕ مُلہٕ مونجہٕ ختم چھے سپز ٕمٕژ۔ اَمہِ علاوٕ چھُنہٕ واقعاتن منز سلسلُک تہٕ خیال تھاونہٕ آمُت۔ یُس شاہنامہ فردوسی یَن ترٛہن وٕری ین اندر لیوٚکھ تہٕ یُس کمہِ کھوتہٕ کم شیٹھ ساس شعرن پٮ۪ٹھ مشتمل چھُ۔ امیُک ترجمہٕ کوٚر وہاب حاجن صرف نوٚن وٕری ین اندر مکمل۔ وہاب حاجنی سُنٛد کٲشُر شاہنامہ چھُ کل بل ۱۶۸۲۵ ء

[1] محی الدین حاجنؔی، دیوان وہاب، جلد۔ ا۔ جموں اینڈ کشمیر اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز سرینگر، ۱۹۷۱ء صفحہ ۴۸۔

شعرن پٹھ مشتمل۔

حاجنی صأبن چھِ شاہنامکین باقے واقعاتن پٹھ تہِ سرسری نظر ضرور ترأوِمژ تہٕ تمی چھُ سلطان محمود غزنوی بیترِ قصن سام ہتھ اَمہِ رزمیہ شاہکارکین تمن حصن برپوٗر مطالعہٕ کوٚرمُت مگر تہِ گرِتھ تہِ چھُن یہِ کوٗشش کرٕمژ زِ فردوسی سُند تحریر کوٚرمُت زیوٗٹھ واقعہٕ گوٚژھ موخصر پأٹھی پیش سپدن۔ اوٚ کنی چھُ حاجنی یمن واقعن تتھٕ کنی پیش کران زِ دون شاعرن ہنٛدین واقعن درمیان چھُ ہتہٕ بدٕن شعرن ہُنٛد پھیرِ پوان۔ مثالے جنگ رُستم وسہراب (فردوسی)...... ۴۰۰ شار، وہاب ۲۰۰ شار (ج) از شب خون پیران وافسرتا عفوطوس (فردوس) ۶۰۰ شار۔ وہاب ۱۸۵ شار بیترِ۔ ہفت خان اسفند یار فردوسی ستھ حصہٕ، وہاب اکھ حصہٕ۔ غرض کأشر شاہنامہ چھُ تمہِ شاہنامُک ۴/۱ حصہٕ ترجمہٕ کرنہٕ آمُت یُس شاہنامہٕ فردوسین ووٚنمت چھ تہِ اَمکی واقعات چھِ ۱۰/۱ حصہٕ برابر بیان کرنہٕ آمتی۔ مثلن ییٚلہِ سیاوش قتل چھ یوان کرنہٕ۔ وہابن چھُ یہِ واقعہٕ صرف ترٕن شعرن منز بیان کوٚرمُت ۔

بزا بلستان وأژیامت خبر

سپُن رُستمن سخت زیروزبر

وداں رستمن چشموٕ ے ہور خوٗن

بایران دو منزل پٔنن فوج نیوٗن

سُہ وأتِتھ باریان سپُن سخت شور
سپُن بھر شہزادٕ ماتم ژوپور

تِتھے پأٹھی چھُ وہاب حاجنی ینَ شاہنامُک ژۄرِم جلد ترٛ وومُت۔ تہٕ پتہٕ چھُ مختلف توأرٟخن سام ہیتھ اتھ جلدس ''خلاف نامہ'' ناوی تحریر کران۔

وہاب پرے حاجنی ینَ ییٚلہِ شاہنامس ترجمہٕ کۄرتمُو اوس سام پہلوان سُنٛد قصہٕ امہِ مؤجب ترٛ وومُت تکیازِ أہنٛدی ہیے ونٛس پیٚٹھ اوس امہِ برونہے امیر شاہ کریریٚ ینَ ''سامناک'' کأشُر ترجمہٕ کۄرمُت۔ ییٚمیُک تصدیق امیر شاہ کریریٚ یتھہٕ پأٹھی کران چھُ۔

خصوصاً چھُ اکھ مُخلصاہ میون یار
نہایت شفیقاہ سُہ چھُم دوسدار
لقب چھُس پرے ناو عبدالوہاب
چھُ قریاہ عجب خاصہ حاجن بنام
ہوس گۄو تِمس میانہِ شارُک سبٹھاہ
زِ فردوس طوسی چھُ محمود شاہ
دۄپن مےٚ کہ اے مردِ شرین کلام
بہٕ ابیات کشمیر وِنتن ژٕ سام

پزرتہِ چھُ یِی زِ وہاب پرےیَس تہٕ امیر شاہس آسی پانہٕ وأنی

دوستانہٕ تعلوقات ۔تہٕ وہاب پرے چھُ اُمِس سامنامہٕ کاشُر ترجمہٕ کرنس پٮ۪ٹھ آماد کران۔ وہاب حاجنؠ چھُ شاہنامس منٛز اَچھ باوتھ۔تھہِ پاٹھی کران ؎

سپُن یام مشہور آں گردِ سام
کوٗرُن خاورو چین توٗران تمام
تمِکی شار مےٚ کرِ ناوِم تیار
مےٚ اکھ سیّدا خاصہٕ چھُم دوسدار
سُہ حضرات از قومِ سادات کرٕیر
دریں وقت مشہوٗرف سید اُمیر

امیر شاہ کرٕیرؠ تہٕ لکھمن جوٗ بُلبُل سُند سامنامہٕ چھُ لگ بگ فردوسی ہنٛدِ شاہنامکہِ سامنامہٕ نِش مختلف ۔یوٗ دوٚے امیر شاہ پننہِ سامنامکہِ ماخذُک تذکرٕ مختلف لکھارٕہن ہنٛدِ حوالہٕ بیان کران چھُ یمن منٛز فردوسؠ ، عسجدی تہٕ خواجوٗ کرمانؠ قابلِ ذکر چھِ ۔مثالے

خِرد مند فردوس پاک زار
سُہ خواجو بیٚیہٕ عمدی خوش نہاد
خِرد مند خواجوے شرٕہن کلام
وَنن یی چھُ اندر توآرٟیخ سام
سوخن گوے خواجوے روشن ضمیر
وَنن چھے یوہے نوکتہٕ یے دِلپذیر

خرد مند ووستاد ، خواجو خطاب

وَنن چھُے یوٗ ہے نو کتہٕ اندر کتاب

سوخن سنٛج سُے عسجدی مامور

وَنن یِی چھُ از سام نیٚرُم خبر

ز اخبارِ آں سام خنجر گذٗار

وَنن یِی چھُ سُے عسجدی نامدار

مگر وننہٕ چھُ یوان زِ عسجدیٖ یَن چھنہٕ کہنٛہ تہٕ سامنامہٕ لیٚوٗ کھمُت۔ امیر شاہ کریریٖ چھُ اِہ کنٕہ فردوسی سُند ذِکر کران تکیٚا ز خواجو کرمانیٖ ییٚن چھِ فردوسیٖ ہٕندی کینٛہہ شعر پننِس سامنامس منٛز نقل کٔریٚمتۍ ییٚمہِ کنٕہ وہاب پرے تہٕ چھُ غلط فہمی ہُند شکار گژھان زِ امیر شاہن چھُ فردوسیٖ ہٕندی ہے سام پہلوان ہٕندِس قصس کاشرِس منٛز ترجمہٕ کوٚرمُت۔ مگر پزر چھُ یِی زِ امیر شاہن چھُ صرف خواجوٗ ہٕندی ہے سامنامس ، یُس ہمای و ہمایوں ناوٕ زانہٕ چھُ یوان ، پیٹھہ استفادٕ کوٚرمُت۔ خواجو کرمانیٖ یَس متلق چھِ ڈاکٹر رضا زاد شفق لکھان:

”ہمای و ہمایوں داستانے است عاشقانہ نہ وردر بحرِ تقارب گفتہ شُدہ و باایں بیت شروع مے کند۔

بنام خدا وندِ بالا و پست

کہ از ہستیش ہست شد ہر چہ ہست

وآں را در بغداد بسال ۷۳۴ھ سرودہ و سلطان ابوسعید و وزیر او غیاث الدین محمد را در مقدمہ آں مدح گفتہ۔ تاریخِ تالیف ایں مثنوی را شاعر در کلمہ "بدل" آوردہ و گفتہ است

گُنم بذل بر ہر کہ دارد ہوس
کہ تاریخِ آن نامہ بذل است و بس

در ایں مثنوی گذشتہ از نظامی تاثیر سبک شاہنامہٕ کاملا محسوس است"[1]

تاریخ ادبیات ایران (مترجم سید رفعت) ناوِ کس تأر تخس منز چھِ خواجوس متلق یتھٕ کُنہٕ ذکر کرنہٕ آمُت۔

"یہ عاشقانہ داستان ہے، بحرِ تقارب میں کہی گئی ہے اور ذیل کے شعر سے شروع ہوتی ہے"

بنام خداوند بالا و پست
کہ از ہمتش شُدہ ہر چہ ہست

یہ مثنوی بہ مقام بغداد ۷۳۲ھ میں ختم ہوئی۔ اور شاعر نے اسکے مقدمہ میں سلطان ابوسعید اور اسکے وزیر غیاث الدین محمد (مقتول ۷۳۶ھ) کی مدح کی ہے شاعر نے اس مثنوی کی تاریخ حرفِ "بذل" سے نکالی ہے کہتے ہیں:

---

[1] لکھمن کول بُلبُل، سام نامہٕ، مرتبہ، غلام نبی خیال، جموں اینڈ کشمیر اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز، سرینگر، ۱۹۶۲ء صفحہٕ ۳۰..... تاریخ ادبیات ایران مولفہ ڈاکٹر رضا زادہ شفق، مطبوعہ طہران۔ ص ۵۴۔۵۵

کُنم بذل بر ہر کہ دارد ہوس

کہ تاریخ آں نامہ بذل است وبس

اس مثنوی میں نظامی کے اثر کے سواء شاہنامہ کا سبک بھی

نمایاں طور پر محسوس کیا جاسکتا ہے‘‘[۱]

بہرحال امیر شاہ کریری تہٕ لِکھمن جو بُلبُل دوشوَ ے چھِ خواجو کرمانی

ہِنْدی ہے سامنانس ترجمہٕ کران۔ اگرچہ بُلبُل جو پننہٕ سامنامکہٕ ماخذُک

ذکر کران فردوسی سُند تہِ ناو ہوان چھُ۔

ژ کَن تھاو وارٕ فردوسی وَنن چھے

چھُپے پوٚرمُت ژیٚے شہنامہٕ ننن چھے

مگر بروٚنہہ کن چھِ سامنامکہٕ ترجمہٕ ستی یہِ کتھ واضح سپدان زِ بُلبُل

تہِ چھُ خواجو کرمانی سُندے سامنامہٕ بروٚنہہ کنہِ تھاوِتھ ترجمہٕ کران۔ البتہٕ

فرق چھِ یِژے زِ امیر شاہن چھُ سامنامہٕ تفصیلہٕ سان بیان کوٚرمُت تہٕ

اتھ بجایہِ چھُ بُلبُل جو واقعاتن ژٕاَر کٔرِتھ امیر شہُن دوٚیم حصہٕ نظر انداز

کران یِتھ منز سہٕ عسجدی سُند حوالہٕ دِوان چھُ۔ شہرِ سگسار، نیمہٕ تنان،

زنانہٕ شہر، پرستان دِیار، حصارِ زٔرین، مُلک شداد تہٕ کوہ فنا ہس پتھ جنگ

یُس سام پرٕی ذختہٕ دیو ابروہس نِش آزاد کرنہٕ باپتھ لڑان چھُ، یہِ حِصہٕ

---

[۱] کلیات امیر شاہ کریری، حصہ اول، سام نامہ، ترتیب کار، منظور ہاشمی، جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز، سرینگر، ۱۹۷۳ء صفہٕ ۲

چھُ بُلبُلن مۆلے دأرِتھ دِیتمُت ۔ مگر اَمہِ باوجود چھُ بُلبُل جوپنُن سامنامہٕ تمہِ انمانہٕ پیش کران زِ نہ چھِ کُنہٕ قسمچ کمی محسوس سپدان تہٕ نہ چھُ اَمچہِ ڈٲلیلہِ پٮ۪ٹھ کانٛہہ اثر پیوان ۔ سام اوس نریمان پہلوان سُند نیٚچو ۔ بالغ سپدِتھ چھُ اکہِ دوہہٕ شکارس نیران جنگلس منٛز گورخرس پتہٕ لاران لاران چھِ تَس پننہِ ستی بوج ژھینہٕ گژھان تہٕ اُخرس چھُ أکِس وأران جایہِ منٛز بنگلہٕ وُچھان تہٕ ستی چھُ أکِس کورِ تہٕ وُچھان ، یوسہٕ سامس بنگلس منٛز اژنہٕ باپتھ اسرار کران چھِ ۔ سام چھُ اتہِ اکھ خوبصورت تصویر وُچھان ۔ بنگلس منٛز موجود کوٗر چھےٚ سامس تصویرس متلق ونان زِ یہِ چھےٚ فغفورچین سنٛز کوٗر پری دخت یوسہٕ سٮ۪ٹھاہ مأری منٛز تہٕ خوبصورت چھِ ۔ سام چھُ پری دختہٕ ہندِ حسنٕکی تعریف بوزان ۔ بُلبُل جوچھُ سامہٕ سُند واقعہ یتھہٕ پأٹھی قلمبند کران ۔

گوٚبر ڈیشتھ نریمان شاد سپُن

غمو غوصو نِشہِ آزاد سپُن

بطالع پھرٕ وُژ ڈیوٗٹھن یوٚر نہ یژ چاو

کوٚرُن تمۍ نامدارن سام تَس ناو

دوہا اکھ آو گوو سام نریمان

منو چہرس نشےٚ با روئے خندان

زِ گُلۍ گٔنڈِتھ کوٚرُن عرض اے خداوند

شکارس پتھ مےٚ دِل چھم آرزومند

دِتم روخصت شکارس نیرٕ گامن
دوہس کھیلتھ بہٕ پھیرتھ واتہٕ شامن
بیابانن کوہن زَن اوٚبُر لاران
شکارس پتھ کران اَسی تیر باران
نظر ترأوِن أکِس طرفس چھُ ڈیشان
شکارا ، گورخر سون زَن تُمِس تن
تُمِس ڈیشتھ سبٹھاہ شیدا سپُن سام
دوٚپن لارس رٹن زندے کرن رام
غرابس دور ترأوِن پتھ کوٚرُن واو
ژلن گوو گور خر منٛز جنگلس ژاو
سمندس پپٹھ کمندا ہیتھ پتے سام
چھُ لاران یابہ مارن یا کرن رام
ژلن چھُس گور خر لارن سٕہ دنبال
جُدا پیوو فوجہِ نِشہِ روٗدس نہٕ کانٛہہ حال
وُچھن تتھ جنگلس منٛز باگ باغاہ
گُلستاناہ عجب جائے فراغا
چمن بُری بُری گلن ہنٛدی رنگ برنگ
تھرن پپٹھ بولہٕ وِنی بُلبُل خوش آہنگ

پکہٕ وُن آب جوین آبِ زمزم
تتِکی چشمہٕ کران اُسی کوثرس زَم
بنگالاہ اکھ وُچھن چون ماہ شوبان
تِتھے یتھہٕ آسمانس ماہ تابان
پکن لوّت لوّت بہتھ ڈیوٗٹھن بچشمہٕ
سیاہ چشمہٕ بصد تازٕ کرشمہٕ
شکر لب سیب غبغب نارِ پستان
پرٛیشان زلف تَس مانندِ مستان
وُچھِتھ سام نریمان آیہِ دوران
کرٕن تھپ مأنزا تھوٕے روپہ کھورن
پتھر وۄتھ کھوّت عمارٕژ پیٹھ سو ہیتھ ستی
وُچھتھ گوٚو خوش نشیمن اُسی تتھ کتی
وُچھُن طاقس اَکِس پرداہ اویزان
لیکھِتھ تتھ صورتھاہ چون ماہِ تابان
سراز پانا دلداراہ گُل اندام
بلا بالا زوٗکھ راحت دل آرام
پُر از نازو ادا سوٗرے سراپا
سپُن صورت وُچھأنی سام شیدا

سوٗ چھےٚ فغفورِ چیٖنٕکۍ کوٗر مشہور

بدنیاہ ژورامژٕ جنتٕچ حوٗر

امیر شاہ کریری چھُ حسب دستورِ یہِ رزمیہ مثنوی حمد، مناجات، نعت تہٕ معراج شریف ہٕتی شروع کران۔ امیر چھُ سامہٕ سُند تولد سپدن، تسند شکار نیرن تہٕ پتہٕ جنگلس منز انزان کورِ ہٕنزِ زیوِ چینکس بادشاہ فغفور سٕنز کورِ ہندِ حُسنکۍ تعریف بوزنہٕ تٕۍ یتھہٕ پاٹھۍ پیش کران۔

بروبر سپٕنۍ یام نو رٕتھ تمام

نچُو زاس تمۍ ہے کوٗرکھ ناو سام

قومی ہیکلا آفتابا بروے

فریدوں صِفتھ ئلی کہِ جمشید خوے

دٕہن وٕری ین اندر ژھُنن یام کھور

جوانانِ سی سالہٕ پاوِن پتھر

تھوٗن یام وٕری ین بہن منز قدم

دِتن تام پادر ہٕہن ہٕتی دم

تِتھے پہلوانا سپُن بے مثال

تمِس کانٛہہ اکھا آو نہٕ درخیال

کوٗرن عرض اے شاہِ عالی جناب

ہمیشہِ سبین چانٛی دشمن خراب

مےٗ دِم حکم چھکھ میون فرماں گذار
ہوس چھُم گرٕھن نیزٕ بہرِ شکار
منوچہرٕ شاہَن دۄپُس بے گُمان
شِکارس ژٕ گژھ اے جہاں پہلوان
ہیٚتِنٕ ستی تم نامور پہلوان
چو بادِ دماں گے بصحرا رواں
پکن گئے ژٕ ٹِکھ کوہ تے سنگلاخ
وُچھکھ مرغزار عجائیب فراخ
سبٹھاہ تتھ اندر ہرنٕہ تَے گو روشیر
شکارس پیٹھن لگے دِلاور دلیر
بہ تیرو کمندو بشمشیرو زور
رٕ ٹِکھ ہرنٕہ مأرِکھ سبٹھاہ شیرو گور
ازانجملہٕ سامن بنچیرٕ گاہ
شِتا بندٕ گورا وُچھن ہیچھو ماہ
بدن اوس تٔمی سُنٛد مُرصع بزر
سرو پا تسُنٛد پرٕ زِ لعل و گُہر
ژٕلن واو زَن بر ہوا ہیچھو ابر
شِناور چو مأہی دِلاور چو ببَر

دِوان سام گورس پتے چوں عُقاب
زِ لشکر جُدا رؤد بے خورد و خاب
بضر سنگھا گو سُہ نیرتھ زِ راہ
بکوہ و بیابان ودشت و گیاہ
نہ ڈیوُٹھن سُہ مأدان نہ ڈیوُٹھن شکار
نہ گورو نہ لشکر نہ سُے لالہٕ زار
مگر اکھ بیابانِ دیوان وُچھن
چپ وراس غوغا بے غولاں وُچھن
وُچھن خاصہ باغا چوباغِ ارم
پُر ازگل تمٔیک دشت صحن و حرم
صبا درجہاں اوس عنبر فروش
تمے باغہٕ رِٕنی ما گوٗمت بوسہٕ دوش
ازانجملہٕ سامن دراں گُل بہار
حویلیا وُچھن خاصہ گو ہر نگار
بناگہ پٔری پیکرا نازنین
نبر دژایہٕ چھٗں حوٗرِ خُلد بریں
خراماں پکن وأژ نزدیک سام
زمینس دِتُن بوسہٕ کٔرنس سلام

دۆپس پہلوانن کہ اے گلبدن
ژکوسہٕ چھکھ چھُ کُمی سُنٛد یہِ باغِ عدن
پری پیکرن دۆپنس اے پہلوان
مےٚ کُن تھاوکن ووٚنی کرے بوبیان
ازاں شہرِ یاران روےٚ زمین
چھُ اکھ بادشاہا بما چین و چین
اٚمے وَلولہٕ سےٚ شہہ رۆم و شام
چھُ مشہور فغور چینی بنام
چو خورشیدِ تابند تمیُٚ ہے چھِ کوٗر
بہ دنیاہ چھَ زَن جنتچ خاصہٕ حوٗر
لکھمن جو بُلبُل چھُ پری دختہ ہُنٛد حُسن وجمال نفیس پاٹھی باوان۔
ترجمہٕ کار چھُ پرٕی دختہِ ہنٛدِ حسنکۍ تعریف کران وولسنس یتھ اوٚ ہُنٛد شکل وصورت قلمبند کرنس منٛز کامیاب سپُد مُت۔
سُہ قامت نخلِ طوبیٰ یاقیامت
بجانِ جان بجان اٚلفس ارامت
زٕ سُنبل دست بستہ کارِ پیٚتی مست
کمندِ گردن آہوئے سرمست
وُچھن یُس تس بچھن زَن کالہٕ شہمار
گِلن یَس کُر دِنس تَس ز الہِ امار

وٕنتھ کیاہ ہیکہِ تمۍ سُند ڈیکہٕ پُرنور
تجلی جلوٕ ماران برکوہِ طور
وَنن سأری مہہ طاقِ دُو ابرو
أچھن ڈیشتھ مےٚ ڈٹھم شاخ آہو
دوچشم مست اومس کھاسی بٔری بٔری
نہ از مےٚ از مےَ ناز أسی بٔری بٔری
تمے ڈیشتھ سپنۍ بیمار نرگس
تِمس پراران چھِ در گلزار نرگس
وُچھِتھ سےٚ نستہِ خنجر تیغ خمدار
خط پیٚنۍ کڈن کرتل چھِ ہربار
بروے اوسپُن کر روبرو رو
نتہٕ ما بر زمین از آسمان پیوو
خطایوٚ دوٚے خطأیی وَن کَنن تَس
گُل موتی سُہ موٚختہٕ چھی ونن تَس
وُچھِتھ سےٚ بُلبُل گُل لأگی پامن
گُلو دیُت چاک جامن تا بہ دامن
بخالش خال بوزُم واتہِ عنبر
کھٹن سےٚ خالِ مشکیں ما چھ بہتر

کنن دُردانہٕ زَن شبنم بہ نسرٕین
ووزٕلی وُٹھ جان مرجان لعلِ رنگین
مکرّ رقند پھٔلی تَس دندٕ مالے
ہیے دانن اندر زَن برگِ لالے
مدور گوٚےٚ سیمین تَس زنخدان
بہ از سیب وسنیر تتھ سبیہ گےٚ زان
شمع گردن شبس منز شعلہ دیوان
وزن ڈیشتھ شمع راتس چھ رِوان
وَنے سینس بہ آئینہ گژھیا جان
وُچھِتھ سُے سینہٕ آئینہٕ چھُ حیران
وَچھَس پیٹھ کیاہ اچھا یسموٚےٚ ہندی
چھ دانن داٗن اونگی دردمندی
شکم تَس تختہٕ بلور ہیوٚ صاف
عجب گردابِ آبی زندگی معاف
زُلف تس واٗتی ہتی اٗسس بداماں
سُرینو ہتی گوٗمُت کوہِ ماراں
پُراز نازو ادا سوٗرے سراپا
سپُن صورت وُچھانے ساٚم شیدا

امیر شاہ کریری چھُ پننِس ترجمس منز پری ذحتہِ ہُنٛد سراپا

خوبصورت اندازٕ یِتھ پأٹھی نِچھِ ناوان ؎

سراپان بدن تَس گُلستان چھُ تے

کلس پٮ۪ٹھ تِمِس سنبلستان چھُ تَے

روخس تِمۍ ہِنٛدِس پٮ۪ٹھ شبن کیٛاہ چھُ خال

تِتھے یِتھِ کنن جنتس منز بلالؓ

گولابس بہتھ کالہٕ زنبوٗر چھُس

وَیا نوقطہٕ بر آیتِ نوٗر چھُس

دِوان گژ ایہِ دُردانہٕ کی گوش چھِس

شبُن عشقہٕ پیچانہٕ کی پوش چھِس

تمے چشمہٕ چھس تُرکِ مردم شکار

أچھر وال چھِس صف کڈِتھ نیزٕ دار

زٕوُٹھ تِمۍ ہِنٛدِس سورخ لال یمَن

کران خندٕ لالن تہٕ بیٚہٕ کوسمن

شکر خند تِمۍ سُنٛد چھُ قندو نبات

لبَن تِمۍ ہِنٛدٕن منز چھُ آب حیات

پُھلے سینہٕ کِس باغہٕ ہے تَس انار

تہٕ ڈیشِتھ گٔژھتی ےکتی بے دِل بیمار

شکم نسترن زارِ کھوتہٕ صاف تے
خطأیی تَس پھوٚلیٕ متنٕ ناف تے
چھِ شب بوے تھرِ تے سرین مسولے
گنڈِتھ ھیٚ عشقہِ پیچان نوزُک ہلے
ونے کیٚا کمر تمیٚ سُند أویُل وُچھم
سبٹھاہ نوزُک ازموے زأویُل وُچھم
لطافتھ تمِچ کیٚاہی یِی دربیان
ژھینٕے موٚیہِ ستٕین سُہ نوزُک سِیان
سُرین تمیٚ ہشرٕے نرم سیمین شکوہ
گمٕتیٚ زَن چھِ مولیس اویزان زِ کوہ
کوہن دوہن اندر گنج گوہر نگار
چھُ شہمار تتھ عصمتُک پاسدار
تمے رانہٕ جانانہٕ زیبندٕ چھَس
تہٕ گرٛوزٕ نازنین ماہِ تابندٕ چھِس
خیالِ زِ گلبرگ زَن تَس چھِ پاے
دِلن تَے أچھن منٛز کرن تَس چھِ جاے
سام چھُ پرٛی ذختہِ پیٹھ فریفتہٕ سپدِتھ تسنٛدٕ دادِ بے قرار گوھان تہٕ پننِس فوجس چھُ واپس سوزان تہٕ پانہٕ چھُ ووٚدٕ بوے فلوا دہیتھ ایران

ترأوِتھ ملکِ چین گژھنگ مکمل اراد کران مگر وَتہٕ چھس زنگی فوجس ستی جنگ سپدان، یُس تہٕ کاروان اپأری گذارُن اوس، زنگی أسی تمن لوٗٹھ مار کران تہٕ حسبِ عادت چھِ یِم سامس پیٹھ تہِ حملہٕ کران۔ لکھمن جوٗ بُلبُلن چھِ اَمہِ وارِچ باوِتھ یِتھ پأٹھی کٔرمژ۔

بَسن تتہٕ زنگیا اکھ اوس خونخوار
سمندان ناوتس بافوج بسیار
بہتھ وَتہٕ پیٹھ سُہ لوٗٹان کاروانن
کران غارت مسافر بے زبانن
تمن ڈیشتھ ؤتتھ آو بوٗمبر گن زَن
رٔٹکھ مژ باگ تم اجدر دمن زَن
ؤچھن یِیلہِ پاک سامن قوم ناپاک
کھٔرِس ژکھ یِژھ سپُن واراہ غضبناک
روٗٹُن اکھ زنگیا زنگو سُہ گلوٗن
دِژن دأرِتھ بیٚین دون زنگین کُن
سمنداں زنگین یِیلہِ ڈیوٗٹھ یُتھ زور
دِژن کرِبکھ زنگین کُن کوٚرنہٕ یژ شود
یِمے زٔنی زِ بے چھِ تِہی چھوٕ سانہٕ پیٹھی کُن
کٔرو یکبارگی حملہٕ یِمن کُن

یہ بؤزِتھ زٔنگیو کوٚر حملہٕ یکسر
سپُن برپانہٕ عالم شورِ محشر
رٔٹن سام نریمانٕ سٕہہ کٔٹن زَن
وٕنٹھن لۄکن رٔٹن پھٔٹرن مٔٹن زَن
نژن شمشیر واین تیر لاین
دون دورن کرن پتھ گگراین
بیٚیس طرفس گربزن ٕسٕہہ زَن سٕہ فلواد
کرن زنگی زِتنگی داد و فریاد

اتھ برعکس چھُ امیر شاہ کریری زٔنگی یَن ہندِ جنٛگُک حال یتھہٕ پاٹھی باوان۔

یکبارگی آے زنگی دَوان
کوٚرُکھ سارِوٕے حملہٕ برپہلوان
تمو اندر اکھ زٔنگی یا بو دِلیر
تٔمی حملہٕ کوٚر سامہٕ ہے پٔتھ چوشیر
سٕہ ڈیشتھ سپُن سام یِل کیٖنہٕ ور
دِژن تھپھ تمِس زنگی یَس کمر
تلن سٕے دِتُن زٔنگی ین دون بٕرِتھ
ترٛیٖہہ زنگی بیکبارگی گٔے مُرِتھ

سمندرن زنگی وُچھِتھ خیرٕ گوو
جہاں در سیاہ چشم اوتپر گوو
دِتُن حُکم یکبار بُرزنگی یان
کُرو حملہٕ سأری چو شیرِ ژیان
یہِ بوٗزِتھ تِمن ہمچو ابرسیاہ
کوٚرُکھ حملہٕ بر گردِ خورشید وماہ
سبک سامنے چوٗں ہز برِ دلیر
اوٚنُن حملہٕ پوٗن سمندون شیر
ازاں پَس کوٚرُن زنگی ین پِٹھ شتاب
پُر از خوٗن سپُن دشت ذٔری یایہِ آب
سپنی خرس تے شیر قأیم بجنگ
لجکھ تیز شمشیر الماس زنگ
ٹُلکھ تیوٗت گورزن ہُندٕ ے طمطراق
بہ ہفتم فلک گوصدایے طراق
کرن یک طرف سام خوسرو نژاد
بہٕ گورزِ گراں اوس دشمن بباد
بہ دیگر طرف اوس فلواد شیر
تگاپو کرن چوٗن ہز بر دلیر

بیکدم گٲرِکھ سأری زنگی ہلاک

سپٔنی خلقِ فارغ زِ بیٖم و زِ باک

اَمہِ پتہٕ چھُ سام تہٕ فلواد پٔنُن سفر جأری تھاوان تہٕ صحن سُلی ملکِ خاور واتان ۔ ملکِ خاورس منٛز چھُ رِواج آسان زِ ییٚلہِ ملکُک بادشاہ فوت سپدِ ۔ اتھ ملکس منٛز یُس تہِ نفر ییٚمہِ تہِ ملکُک صبحٲے نظرِ گژھِ تس اوس یوان تخت وتاج عطا کرنہٕ بقولہِ بُلبُل ۔

چھُ رسماہ خاورس منٛز ییٚلہِ مران شاہ

گژھان ارکانِ دولت برسر راہ

پیٚیکھ یُس برونٛٹھ تمۍ ہیٚے تاج برسر

تھون چھُس گوو یُہے ووٚنی شاہِ خاور

یِی چھُ سامسۍ ستی تہِ سپدان ۔ سُہ آو ملکِ خاورُک بادشاہ مقرر کرنہٕ تہٕ اکہ دوہہ چھُ تَس شکارس دوران قلوسۍ سمکھان یُس ایرانہٕ پٮ۪ٹھ صرف تسندِ لشکر باپتھ ہیتھ آمُت اوس ۔ یپأری چھُ سام اکہِ راژ پری ذختہِ خابس منٛز وُچھان ۔ تَس چھُ راتُک رام تہٕ دُہک عأش راوان تہٕ یتھِ پأٹھی چھُ سأری ہیٚے تاج وتختس لتہ دِتھ چین کُن روانہٕ سپدان تہٕ ستی چھُس اکھ نیک شخص سمکھان یَس سُند تعارف بُلبُل جو یتھہٕ پأٹھی دِوان چھُ ۔

بُدا اکھ فلک سردار ڈیوٹھن

عجب خوش رِوو خوش دیدار ڈیوٹھن

دۆپُس تمٕی ناو چھُم سعدان مکینس

چھُ ایرانک بَسن چھُس شہرِ چینس

پرٛی دٲخ شاہ فغفورٕنی چھِ یوسہٕ کوٗر

تسُند استاد چھُس علمس اندر یور

یہِ بوٗزِتھ چھُ سام سبٹھاہ خوش گژھان تہٕ پتھ پاٹھی چھِ یکہٕ وٹہٕ چین کُن گژھان مگر ییتی چھُس سعدان ونان وَتہِ چھُ اَکس خطرناک دیو ژندٕ سُند خطر، یُس سبٹھے خطرناک چھُ۔ لکھمن جو بُلبُلن چھُ دیو ژندٕ سُند سراپاتہٕ سامَس ییتی اَہندِ جنگُک حال ییتھہٕ پاٹھی بیان کوٗرمُت ۔

یہَس پیٹھ بمبرٕ ہاپتھ ہیوٚ دوان بک

اتھس کبتھ تازیاناہ اَجد راہ اَکھ

دٲہن ہستین برابر اَس تَس تن

وُہرمُت اَس اوسُس نارٕ گجِ زَن

وُچھِتھ سام نریمان اوس خندان

نمایاں نیزٕ الماس دندان

سہ یامَت دیوٗتھ سامن دوٗرِ لاران

کمان مژرن کوٚرُن تَس یترِ باران

کڈن شمشیر لاریوو تنٛد چوں شیر

کمرروٚٹنس زٕ اڈ کرٕیٔنس بہ شمشیر

اَتھ مقابلۂ چھُ امیر شہٰن یہ واقعہٕ تھہٕ پاٹھۍ بیان کوٚرمُت ۔

وُچھن ژنڈ جودوٗ ے گنجینۂ بو
یہ احوال ڈیشتھ سراسیمہٕ گو
سبٹھاہ در غضب آو اونس جوٗن
زِ تُنٛدی گیس چشمہٕ چوٗن طشتِ خوٗن
بجلدی ٹُلن کوہسار بدس
پکن گو سو یِ سام سُے دیوس
ہیوٚتُن نار ترٛاوُن زِ گوش و دہان
کوٚرُن قصد مارَن جہاں پہلوان
سُہ ڈیشتھ سپُن سام تندو دلیر
بنامِ خداوندِ بالا و زیر
کڈٕن از کمر تیغِ الماس گوٗن
بزدَر کمرگاہ آں بدروٗن
اکے ضربہٕ ئتھن سپُن تَس . دُنیم
چوکوہے پتھر پیوو سُہ دیو ئ جیم
سراز تن ژوٚٹُن تس بفرب دِگر
پھٹس سُحہٕ سوٗرے سپُن موٗختصر

ژنڈ دیون (جندن) اَس بادشاہِ فغفورٕنۍ باوٕز پری نوش قاَد

گرٕمۍ تہٕ سام چھُ تَس آزاد گرِتھ پانس سٟتۍ چین نوان مگر ژندٕ دیوٕ ہٕنٛدِ مرنٕچ خبر بیٚیلہِ تٕسنٛد زیٚٹھ بوے مکو کال بوزان چھُ، سُہ چھُ غضناک سپدِتھ سامس مارنہِ نیران۔ مکول کالٓ تہٕ تٕسنٛد فوج چھُ بیک وقت سامس پیٹھ حملہٕ کران۔ فلوادٓ تہٕ قلوشٓ تہِ چھُ سامس مددِ تِس یوان۔ اَخرس چھُ مکو کالٓ تہِ سامنہِ اتھہِ مارٕ سپدان۔ یہِ جنگی منظر چھُ لُکھمن جو بُلبُلنٓ یتھہِ پاٹھۍ کأشرووُمت۔

مکوکال اوس جندس زیٚٹھِ برادر
بہ تن کوہِ سلیمانس برابر
کلس پیٹھ ہنگ زٔن زأیل پلَس پیٹھ
لنگو پیٚٹھی لنگ دژاٮ۪تی رأیلس پیٹھ
زٔل موکر پڈٕ زالاہ رأیلن تل
بچو تتھ ألی گرٕتی ماکنو کھل
دُو چشمش نارٕ برٔی برٔی چشم سرشار
أچھر وال أندی أندی تتھ گنٛڈی پلیار
بُتھس پیٹھ نس أسس دوزخُک تھم
نکہٕ وأری دودکش ہاے جہنم
بہ صورت کوٗلی کاژر مچھِ ٹیچل
پھِرن أچھ در پیٚٹھی یوان نارٕ وزمل

زبان اَ ءِسس نبر دڑ اہڑ وَٹھن دون
گجے نِش نارِ ریٖہہ دڑ اہڑ پھٹِتھ زَن
سو بڈ یڈ عیدگاہا تَس کمر کوہ
مند تَتھ دور روٗ زِتھ کوہ برکوہ
پدیو پیٹھی زنگہٕ تَس فولاٗدی کھم زَن
قدم تراوَن تہٕ میدانن لگن کھن
مرُن بوزُن جندِن تہٕ لوٚگ مرنے
بُتھِس لوٚگ گُلی پھِرنے لیٖل کرِنے
بہ یکدم جمع سپنٕز پانژھ دہ ساس
زبون النّاس دیووجن و اخواس
کوہن ڈوٗل کن بٔنیٖل سپُن زمینس
زمینس گوو نہٕ ما چینس تہٕ چینس
یوان اَسی از ہواپِل زَن پھوان ترٛٹھ
گلن کینٛہہ کینٛہہ ژٔلن کینژَن گژھان پھرٛٹھ
وُچھِتھ تی دورِ سامن دور ہیتھ آو
دَوَن بے وایہٕ گوو دیون اندر ژاو
اَ رِکس کُن اَسی تم دیوس پنداہ ساس
بیٔیس کُن سام سارینٛی کرن ڈاس

پیوٚٹھس پٮ۪ٹھ دِیو جن ییٚلہ گُشتۍ سپنۍ
زمینس پٮ۪ٹھ زِ گُشتۍ پشتۍ سپنۍ
ژوداہ ساس دیو بیہہٕ تم اُٹھ شبتھ موٗدی
مکوکال اَکھ تۍ پتھ گُن ہتھ زٕ ہتھ روٗدی
کوٚرُکھ یکبار جملہٕ حملہٕ برسام
وٕتھتھ از جان دِتُگ دل کام و ناکام
بہ یکدست اوس لاین سام گرزٕ
بدیگر دست خنجر شیرِ شرزٕ
یوان لُٹھکجہِ لوٚٹھ زَن گرُزٕ برسنگ
پوٚن پھیرتھ تمن واتن بہ فرسنگ
مُرِتھ گیہِ کینہہ تۍ کینژ وکھیو ہزیمت
گلن زونکھ ژُلن مونکھ غنیمت
زنگن تھپھ دِتھ پتھر پوٗن سہ برخاک
بہ خنر پھوٚرژٕٹتھ کوٚرنس شکم چاک
یتھے پاٹھی چھ امیر شاہ اتھ واقہس پننہِ اندازٕ یتھۍ کنٕی باوتھ دِوان ہ
بہَ ہیکل سبٹھاہ زشت بدترسہ اوس
تمِس ژندٕ دیوس برادر سہ اوس
مکو کالن یامتھ یہ بوٗزِن خبر
دوٚپکھ زَن تمِس برجگر اُج تبر

کھوتُس خشم سأری گرِن جمع دیو
بہ ہفتم فلک پیو تہندُے غریو
سمِتھ آے بہہ شَتھ تھی دیو نر
تمن تل سپُن غاَب کوہ و کمر
مکو کال دیوَن بصد ولولہٕ
کوٗرُن قصد برجنگِ آں قأفلہٕ
ؤزینو پکن گو سُہ فرزندٕ سام
بہ مال وحشم قأفلہٕ ہیتھ تمام
بناگہ وُچھن دوٗرِ ووٗتھمُت غبار
پُر از گردگئے کوہ و ہاموٗن وغار
سپنٕ لشکرِ دیو ظأہر زِ گرد
تہِ ڈیشتھ سپن قأفلہٕ ہیتھ تمام
سراسیمہٕ گو سام لشکر وُچھِتھ
خصوصن سُہ دیوِ ستمگر وُچھِتھ
کوٗرُن حملہٕ تَس کرِشتس پیٹھ چوشیر
اکے ضربہٕ مورن سُہ دیوِ دلبر
تہِ ڈیشتھ مکو کال حاران سپُن
سُہ احوال ڈیشتھ ہراساں سپُن

کۆرُن حکم دیون بیکبارگی
گرِو تیز جنکس پٹھن بارٕ گی

بیکبار دیوو چو دیوانہٕ گان
کۆرُکھ سارِوٕے حملہٕ بر پہلوان

جہاں پہلوان سام دیون اندر
کنٕے ژاو دَر دمہٕ چون شیرِ نر

کرن اوس دیون اندر کار زار
سٕبٹھاہ دیو مأرِن دراں گیرِو وار

سام، سعدان تہٕ پری نوش چھِ ملک چیٖن واتان۔ سعدان چھُ سامَس بادشاہ ہِندِس دربارس منٛز واتناوان تہٕ بادشہس اَہنٛدی بہنو درانہٕ کارنامہٕ بوزناوان ییٚمہِ کِنہِ بادشاہ تَس سٕبٹھاہ قدرت کران چھُ۔ پری نوشہِ تہِ بوو پری دختہِ سامہٕ سُنٛد سورُے حال۔ سوتہِ لٔج سامَس عشق کرنہِ تہٕ اکہ دوہہ چھُ دوشوٕنی ملاقات سپدان۔ بادشاہ چھُ سامَس اکہِ دوہہٕ پانس سٟتی شکارس نوان۔ تَس چھِ شکارس دوران پری دختہٕ ہنٛز یاد زبردس ستاوان تہٕ بہانہٕ کٔرِتھ چھُ واپس ییتھ پٔری دختہ سمکھان۔ یہِ خبر ییلہِ فغفور چین بوزان چھُ سہ چھُ فند کٔرِتھ سامس اَکِس تاریک چھس منٛز قأد کران تہٕ قأدکِس داروغہٕ ہٕنٛز کوٗر چھِ سامس عاشق گژھان تہٕ سو چھِ تَس قأدٕ منٛز آزاد کران۔ پری دخت چھِ غلط فہمی ہٕنٛز شکار سپدان مگر سٟتی چھس پننس

عاشق سُند عشقس منز پوختہٕ کار آسنک یقین سپدان ۔ تہٕ یتھہٕ کٔنی چھہِ یم دوشوَے اکھأ ٔکس سمکھان تہٕ یکہٕ وَٹہٕ زندگی گذارنک سٔنز کران ۔

بہرحال سام چھُ فغفور چینس خط لیکھان ۔ فغفور چین چھُس یقین دِوان زِ سُہ چھِ جلد بأزی کران ۔ تَس پزِ پری دخت واپس سوزٕنی تہٕ سُہ کرِ باضأبطہٕ أہنْدِ خاندرُک اعلان ۔ سام چھُ بادشہس پٹھ بروسہٕ کران تہٕ یتھہٕ پأٹھی چھُ سام پری ذختہٕ ہیتھ بادشہس نِش حأضر سپدان ۔ مگر فغفورِ چین چھُ سامس نہنگالؔ دیوس ستی یہِ وٕنتھ جنگس سوزان زِ سُہ چھُ پری ذختہِ ہُند عاشق تہٕ تَس ستی چھُ خاندر کرُن یژھان ۔ نہنگال دیوٗن ناو بٕوزی تھے أس پہاڑن تام نٹھ اژان ۔ امیر شاہ کریریؔ چھ اَمہِ رزم گٕھک تصویرِ یہمہِ انمانہٕ پیش کران

دیوا اکھ چھُ تمٔ ہے نہنگال نام
رٕٹتھ سُے چھُ کوہسار چینس مقام
چھ تن تمٔ ہٕنزے ہمچو کوہِ بزرگ
نٹن تَس وُچھِتھ أچھدرو شیر وگورگ
دٔہن تمٔ سندے دوزخا آشکار
تمے أسہٕ کٔنی سخت ہارن چھُ نار
چھُ یتھ جایہِ تھاوان قدم لیعن
گرٕژھان چاہ تتھ جایہِ چھے در زمین

نہنگالِ جنگی کمربستۂ دژاو
دوٚپکھ زَن ؤتھِتھ کوہِ البرز آو

سراپا ژھنُن نالی خفتان جنگ
مرتب کوٚرُن سازو سامان جنگ

یہِ ڈٔریا بہ گرداب حأران سپُن
کوٚہن گوو کھٔستھ آبِ طوفان سپُن

پراکندٕ گے گاڈٕ از ہر کنار
سپٕنی تِم نہنگانِ ڈٔریا مزار

تہٕ بُلبُل چھُ اَمِچ منظرکشی پٔننہِ اندازٕ یتھٕ پأٹھی پیش کران ــــ
نہنگال اوس نارس دور
جنس داہ ساس ہتھ خاصہٕ سُہ ہمراہ

چراغانہ وُچھن سام نریمان
سپٔداہ گوٚو در تعجب رود حیران

پہلوانن وُچھن ییلہِ حال لشکر
سپُن از جان و دِل بے تاب مضطر

کمان ترکش ٹلن تژ ووُن اکوے تیر
پوٚرُن ساس جِنس یکبار تکبیر

دوٚیم تیرن بٔنیس ساس کوٚرُن ڈاس
پھوِن سأری چھِ ؤسی ژاکھ تلواس

یوان ژٕھلیٚ یلہٕ سبٕھاہ گلی واریاہ ژٕلی

گوپھن غارن پلن تل ژاے ژٕلی ژٕلی

وُچھتھ گوو واراہ آوارٕ نہنگال

یقین زونُن مرُن بے شک چھُ الحال

سام چھُ نہنگالس مأرِتھ واپس چین گژھان یێتہِ بادشاہ تَس بیٚیہِ فند کرُن یژھان چھُ مگر سام چھُ طیشَس یِتھ فغفورِ چینس ستی جنگک اعلان کران۔ اَتھ جنگس منٛز چھُ بادشاہ مارٕ سپدان تہٕ یتھ پأٹھی چھُ سام پری دختہٕ ستی نکاح کٔرِتھ واپس پنُن ملک ایران گژھان۔

غرض مثنوی بارسس ینٛگ وجہ چھُ سام سُند پری دختہ پٔتھ عاشق گژھُن ہاونہٕ آمُت۔ سام چھُ پنُن وطن ایران ترٲوِتھ پری دختہِ حاصل کرنہٕ باپتھ ٔکتین ملکن ہُند سفر طے کران۔ تَس چھُ انسانو علاوٕ دیون، جِنَن تہٕ مختلف قسمہٕ کین مخلوقن ستی پنُن مقصد حاصل کرنہٕ باپتھ لڑُن پیوان۔ اَمہِ رزمیہ مثنوی ہُند مرکزی کردار چھُ ''سام'' یُس پُرخوف تہٕ پُرخطروتن پٔتھ پکِتھ آخرس پننِس مقصدس منٛز کامیاب گژھان چھُ۔

اتھ جنگس دوران یمن شہرن تہٕ کوچہِ گلین سام تہٕ اٚمی ہنٛدی سأتھی واتان چھِ تِمن ہُند ہوٗ بہوٗ نقشہِ تہٕ حالات چھُ پوٗرٕ پأٹھی بیان کرنہٕ آمُت۔ ترجمہٕ کار چھِ سام تہٕ نہنگال ہنٛز معرکہ آرأیی پٔنٛنی سأری لوٲزمات ہٮ۪تھ پیش کران۔ مثلن گورزٕ، شمشیر، گُشتی، جہاز کلس پٔتھ ٹلن، نہنگال ہنٛدِ

ڈری یاوس منز پکنہٕ ستی آب ہیوٚر کھٔن تہٕ گاڈ ڈری یاوِ منز ژلنہٕ بیترِ۔ مکو کال ،ژنہٕ جود دگر تہٕ نہنگال دیو سٕنٛد جنگ چھُ پوٚرٕ پاٹھی واشراونہٕ آمُت۔ مثنوی منز چھےٚ رزم ہٕیچ پوٚرِ پوٚر انسانی جذباتن ہنٛز کفیت ووتلاونہٕ آمٕژ۔ مثنوی منز چھُ رزم گاہ، امیُک رزمیہ حال اوحال تہٕ اوٚند پوٚک تتھ کٕنی پیش کرنہٕ آمُت ز پرن وول چھُ زنتہٕ پننیٚ اَچھو ماٗدانِ جنگ تہٕ امیُک جنگی صورتحال وُچھان۔ اکہِ طرفہٕ چھُ جنگُک صورتحال تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ چھُ پرن وول اتھ جنگی صورتحالس ستی ستی خدایہٕ سٕنٛد بجر تہٕ تھزر تہِ محسوس کران زِ تم منٛگرتہِ چھِ خدایس پیٹھ ایمان اَنتھ دہن داٗری پالان یمن سام جنگہٕ ستی یا شمشیر ہنٛد طاقتہٕ ستی زیر کران چھُ۔ گویا یہ مثنوی چھےٚ پرن واٗلِس جنگس ستی ستی انسانی قدرن ہُنٛد اوحال تہِ باوان۔

مثنوی اگرچہِ عشقہ بیانہٕ ستی شروع گژھان چھِ مگر امیُک سوٗرے اندرٕ ن چھُ پُرخطر تہٕ پُرخوف ماحول بارسس انان تہٕ انسانس چھُ پزی اکہِ طرفہٕ عشق و عاشقی قصہٕ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ جنگ وجدلُک سراپا لبنہٕ یوان۔

بُلبُل چھُ مثنوی ترجمہِ کرن وزِ شعوری طور اَکس تِمِس کاشرِ سٕنٛدی پاٹھی سوچان یُس سٕنٛد پٔرتھ کانٛہہ حبس کاشرِ ماحولہٕ تہٕ مزازٕ مطابق وولسنس یوان چھُ۔ اصلی رزم گاہس منز یم جنگی سامانہٕ تہٕ اوزار ورتاونہٕ یوان اَسی، سانو مثنوی نگارو چھِ پننِس مثنوی ین منز تِمنےٚ جنگی سامانن تہٕ اوزارن ہنٛز تتھہِ کٕنی ذکر کرمٕژ زنتہٕ یم ساٗری سامانہٕ پرن واٗلِس بروٚنٛہہ کنہٕ

رقص کران چھِ تہٕ ہستی یہ تہٕ زیرٕ وٲلس چھُ رزم گِہک ڈرامٲیی صورتحال أچھن تل یوان۔ اکثر جنگ نامن منز چھِ مرکزی کردارن ہُند ذریعہِ تتھ کارنامہِ انجام دِنہٕ آمتی یم عقلہِ نہٕ ورٕناوٕنی چھِ۔ بُلبُل جو چھُ فنکٲری سان اَمِکی کردار بروٚنہہ کُن انان تہٕ زبانٕی ہند ورتاو چھُ نفیس۔ واقعس چھُ پننہِ تخیلکہِ کمالہٕ پُرکشش بناوان۔ مٲدانہِ جنگُک صورتحال چھ تتھہٕ پٲٹھی وٕوتلاوان زِ پرن وول چھُ پانہٕ اتھ جنگس منز شٲمل سپدان۔

امیر شاہ کریری چھُ مثنوی منز فارسی آمیز زبان ورتاوان۔ بیشتر لفظ چھِ ہوٚبہوٚ فارسی یم سیّد سیوٚ داصلی مسودٕ پیٹھ نقل کرنہٕ آمتی چھِ۔ووں گوٚو یتھ کتھہِ چھُنہٕ کانہہ تہِ شک زِ یم لفظ کیاہ چھنہٕ لُکن فِکر تران تکیازِ کاشرس منز چھُ یمن لفظن ہُند عام ورتاو سپدان۔ امیر شاہن چھِ تم الفاظ ورتٲوی مِتی سانہِ عام دوہ دشچہ زندگی منز استعمال سپدان چھِ۔ مثلن سروِقد، گلشن، نرگس، شتابی، مست، اشتیاق، بغل، شمشاد، جام، خفتن، برگ، مسخر بیترِ۔ گُلہم پٲٹھی چھیہٕ یمہٕ دوشوے مثنوی یہِ نہ صرف کاشرس مثنوی ادبس بلکہِ کاشرِس منز ترجمہ کرنہٕ آمتس مواد س اکھ اہم دیٚت۔ اکھ یہِ زِ یمہٕ چھے سانہن رزمیہ مثنوی یَن منز توجہ طلب تہٕ ہتی سانہن ترجمن منز سمبٕھہے اہم کارنامہٕ۔ یتھہِ کُنی چھے یہ کتھ طے زِ کاشر ادبکس توٲرٟخس منز چھُ یمن مثنوی یَن ہُند باب بختاوار تہٕ طرحدار۔



# کأشرِن مثنوی یَن منٛز جذبات نگأری

کأشرس منٛز چھےٚ مثنوی ہنٛز اکھ پرأنی روایت موجوٗد تہٕ امِہ روایژ ہُنٛد چھُ کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس اکھ موٗلُل دیُت۔ مثنوی منٛز تہِ چھُ ڈٲلیلہِ، افسانہٕ تہٕ ناولہِ ہنٛدی پأٹھی کہأنی تہٕ پلاٹ موجود آسان۔ تہٕ یہِ پلاٹ چھُ لوکٹٮ۪ن لوکٹٮ۪ن واقعن ہنٛز اکھ ہأنکل آسان۔ یِمنے واقعن ہُنٛد عمل چھُ بُنیأدی طور کردارن پٮ۪ٹھ ڈٕرِتھ آسان۔ وۄں گوٚ افسانس مقابلہٕ چھُ مثنوی ہُنٛد پلاٹ چھۄکرِتھ آسان تکیازِ مثنوی منٛز چھُ اکِہ وقعہٕ منٛز بیاکھ واقعہٕ نیران تہٕ اَتھ منٛز چھُ باضے کانٛہہ تیُتھ واقعہٕ تہِ بیان سپدان ییٚتھ بظاہر مثنوی ہنٛز بنیأدی کہانی سٟتؠ کانٛہہ واٹھ آسان چھُنہٕ۔ سانٮ۪ن کأشرِن مثنوی یَن منٛز چھِ گٕنہِ گٕنہِ مثنوی نگاروٚتِھی واقعہٕ تہِ پیش کٔرؠمتؠ یِمن بذاتِ خود مثنوی ہنٛز ڈٲلیلہِ سٟتؠ کانٛہہ واٹھ آسان چُھنہٕ۔ امِہ قسمکی واقعہٕ چھِ اکثر پأٹھی نصیحت آموز آسان۔ یہِ کتھ چھےٚ اہم زِ مثنوی ہنٛز کہانی منٛز پیش کرنہٕ آمتؠ کردار چھِ بہر حال اکِہ کھوتہٕ زیادٕ آسان تکیازِ مثنوی ہنٛز کہأنی ہنٛز بنیاد چھےٚ ژکہِ کہأنی پٮ۪ٹھے ڈٕرِتھ یاونوتِھ کٔنی زِ یِمنے کردارن أندی أندی چھےٚ

مثنوی ہنٛز سأرٕ ے کہانی نژان۔ دۄیم یہِ زِ کُنہِ تہِ مثنوی ہُنٛد کردار چھُنہٕ بذاتہِ خودرآوی آسان بلکہِ چھُ مثنوی نگار کردارن ہنٛدی ذٕسی کہأنی پیش کران۔ یِمن واقعن منٛز چھِ تِتھی واقعات تہٕ حالات بیان کرنہٕ یِوان یِمن ہتی کردارن ہنٛدی جذبات وابستہٕ آسان چھِ۔ جذبات گیہِ انسان ہنٛدِ اندرۄنی عملہِ ہُنٛد پیرونی اظہار تہٕ سُہ احساس یُس انسانس کانٛہہ واقعہٕ، تجربہٕ یا ذٔلیل بوٗزِتھ جذباتن منٛز آوراوِ تہٕ دلیلہِ ہُنٛد کانٛہہ تہِ واقعہٕ بوزان بوزان یا پران پران گژھِ قأری تِمنٕے جذباتن منٛز آوٕریمن منٛز اصل کردار آورنہٕ آمُت آسہِ تہٕ قأری یِس گژھِ تِژھے جذبأتی وابستگی تہٕ تشنگی روزٕنی یِژھ پانہٕ کردارس آسہِ یا یِژھ خودِ مثنوی نگارس مثنوی لکھان لکھان سپٕز ہِژ آسہِ۔ واقعس منٛز چھُ مثنوی نگار کردارن ہنٛزِ زندگی تہٕ زندگی ہنٛدٕ ہن واقعاتن ہتی تِتھِ کٕنی تہنٛدی اندرِم جذبات آوراوان زنتہٕ تِم پزٕی پأٹھی تِمن ہتی پیش آمٕتی آسان چھِ یا زنتہٕ تِم یِمنٕے جذباتن ہنٛدی پأداوار آسان چھِ۔ پرن وألِس چھُنہٕ گُمانٕے روزان زِ یہِ ماچھُ کانٛہہ افسانوی واقعہٕ یَتھ پرٕزِس ہتی کانٛہہ ہِشر چھُنہٕ بلکہِ چھُ سُہ پانہٕ تہِ یِمنٕے واقعن منٛز اصلی زندگی ہنٛدی پأٹھی ہِنہٕ یِوان۔ جذبات نگأری ہنٛز یہِ خصوٗصیت چھےٚ کأشرٕ ہن اکثر مثنوی یَن عروج بخشان تہٕ یِمن مثنوی یَن منٛز چھِ جذباتن ہُنٛد صورتحال تِتھہ کٕنی ووتلاونہٕ آمُت زِ مثنوی ہُنٛد کردار چھُ زنتہٕ پانٕے پرن وول آسان۔ کأشرٕ ہن مثنوی ین ہُنٛد مطالعہٕ کٔرِتھ چھےٚ یہِ کتھ ٹاکارٕ زِ مثنوی

نگارو چھِ اکثر جاین انسأنی جذباتن ہنز ترجمأنی کرمژ۔ییٚتمن باسہٕ ِ ئہ ِ یہ ِ کتھ وٕنٛز تہٕ مبالغہٕ زِ باضے چھےٚ کأشرِ مثنوی نگارو یہٕ جذبات نگأری کأشرِس نفسیاتس ستۍ ہم آہنگ بنأوِتھ پیش کرمژ۔حالانکہِ یہ کتھ چھےٚ پزٕ زِ انسان چھُ ژکہِ کُنے تہٕ تمہٕ کِنی چھِ انسأنی جذبات تہٕ اَکی انمانہٕ ووتلان مگر تہٕ کرِتھ تہٕ چھُ پرٛتھ قومس پنُن اکھ نفسیات آسان تہٕ تمی نفسیاتہٕ مطأبق چھِ تمہٕ قومکۍ خدوخال پزٕ ناونہٕ یوان تہٕ تمہٕ قومکس مزازس چھُ اَتھ نفسیاتس ستۍ تہٕ سوٚن واٹھ آسان۔مثالہٕ پأٹھۍ وَنو زِ موردٕ وانس پێٹھ ییٚمہٕ اندازٕ کأشرِ زنانہٕ باکھ ژھٹان چھِ تہٕ تتھ باکھہِ منٛز ییٚم جذبات ووتلان یا بروٚنہہ کُن یوان چھِ تم چھِ بلکل باقے قومن نِشہٕ مختلف ییٚلہِ حضرت یوسفؑ سٕندِس وفاتس پێٹھ زلیخا باکھ ژھٹان چھےٚ سہٕ چھُ چھرااَکس کأشرِ زنانہِ ہُنٛد نفسیأتی طرزِ اظہار تہٕ اتھ نفسیأتی طرزِ اظہارس منٛز یُس جذبات نگأری ہُنٛد پہلو محمود گأمی یَن ووتلوومُت چھُ تتھ منٛز چھُ کأشُر مقأمی رنگ واضح۔لہٰذا چھےٚ یہ کتھ اہم زِ کأشرِ مثنوی نگارن ہنٛز جذبات نگأری ہُنٛد مطالعہٕ کرن وزِ چھُ کأشرِ مزازُک تہٕ نفسیاتُک اہم عمل دخل شأمل۔

حضرت یوسفؑ سٕندِس وفاتس سپدنس پێٹھ یوسہٕ حالت زلیخایہِ گژھان چھے تہٕ ییٚمن جذباتن ہُنٛد اظہار زلیخا کران چھےٚ تم چھِ حقیقی باسان تہٕ تیٚتھ منظر چھُ أچھن بروٚنہہ کنہِ ووتلان زنتہٕ پزۍ پأٹھۍ اَکس کأشرِ زنانہِ پنُن ٹوٹھ تہٕ رفیق یاوَن بوج ژھہنہٕ گوٚمُت باسان چھُ۔

مرنہٕ چانے آفتابن پان کھوٚٹ
مرنہٕ چانے گوجھانس انہ گوٚٹ
مرنہٕ چانہٕ پوہ مےٚ گومو شراونس
پیوم تاون خاصہٕ نُوس یاونس
پزٕ ہی نو یارٕ مےٚ مُشراونس
ناد لایے میٲنہٕ یوسفو وولو
مرنہٕ چانے رٲلین گئے شاخ شاخ
مرنہٕ ستی پنجرن گاٮ۪ہتی سُراخ
مرنہٕ ستی دٲدی لد دِوان وبداکھ
ناد لایے میٲنہٕ یوسفو وولو
مرنہٕ ستمن جورٕ جُدٲیی گرشھان
مرنہٕ ستمن سنگ وٲنجِ چھےٚ چھونان
مرنہٕ ستمن زورنوروزن مرشھن
ناد لایے میٲنہٕ یوسفو وولو
واے مرگو کینہہ تہٕ سورنو تھووتھم
میون یوسف کتھ مزارس سووتھم
از مےٚ زونم بے وفا دنیا چھُ برہم
ناد لایے میٲنہٕ یوسفو وولو

محمود گامی ہنز مثنوی ''یوسف زلیخا'' منز چھ جذباتن ہنز شدتھ تمہِ وِز لبنہٕ یوان ییٚلہِ حضرت یوسفس وور بأے فند کٔرِتھ پانس ستی نوان چھِ تہٕ کنڈیو پیٹھی پکنأوِتھ رنگہٕ رنگہٕ تکلیف دِوان چھِ تہٕ پتہٕ ییٚلہِ حضرت یعقوبؑ ٹاٹھس اولادس ہنز یہِ بد شیچھ بوزان چھُ زِ سہٕ کھیوو رامہٕ ہوٗنی ، سہٕ چھُ اولاد ہنز جُدأیی منز کریشان ۔ محمود گامی چھُ اَہندِ جذباتن ہنز مکمل عکأسی ییمہِ انمانہٕ کران۔

ووٚر بایِن ستی گوکھ نیٚرتھ
اِد نو تورٕ آہم پھیٚرتھ
مے زانیوم مارنہٕ نِنے
اند مزار ترأوِتھ یِنے
چون دوٗرِ ہکہٕ نہٕ زٔرِتھ
متہٕ گژھ تم جُدا کٔرِتھ
ووٚر بایِن ستی گوکھ نیٚرتھ
تورٕ کونو آہم پھیٚرتھ
چون دوربر گوم مے مُشکل
گوم سبٹھاہ چھوکے لد دِل
ووندٕ پھوٚٹم جگر ژوٚٹتھم
سوٕنکی پاٹھی مزار روٚٹتھم

''لٲل مجنون'' مثنوی منز چھِ جذباتن ہنز شدتھ تمہِ وزِ لبنہٕ یوان ییٚلہِ لٲلہِ گرکی مکتب گژھن تہٕ نبر نیرُن بند چھِ کران۔ سو چھنہٕ پننس لوکچارکس ٹاٹھس یارس نشہِ اَکس بڑنزس تہِ ژھننہٕ گژھُن یژھان۔ سو چھےٚ جۄنی سپدتھ پننس محبوٗبس وٕنی دِوان ؎

سوٗر گوم بدنس دوٗرکہِ نارو

ژوٗرِ پٲٹھی یارو ہاوتم پان

ژُری پانہٕ میٲنے ہا لوکچارو

ونتو لٲل کتہِ پرآرٲیو

وَتھ چھم نہ مولوٗم توری پتہٕ لارو

نتہٕ وولہِ ہتہٕ وُچھ کیٛاہ میون حال

متہٕ مُشراوتم ماہ روخسارو

ونتو لٲل کتہِ پرارٲیو

اَمہِ مثنوی ہُنٛد جذبہٕ بوٚرُت منظر چھُ بوزوَے تہٕ پڑتھ جایہِ کاڈ کڈان مگر سارِوے کھوتہٕ تھسکن لایق تہٕ زوردار جذبہٕ چھِ لٲلہِ ہنٛدِ مرنہٕ وزِ بارسس یوان ییٚلہِ مجنون پننس آدن یارٕ ہنز جدٲیی نہ ژٲلتھ تَس ستی ہمیشہِ باپتھ روز نکہِ غرضہٕ موٚت لٲگتھ مزارکین پھر دَرن ختہٕ چھُ کران تہٕ لالہِ ہنز قبر چھُ ہمیشہِ خاطرٕ نالہٕ متہِ رٹان ؎

قبر ہیتھ نالہٕ متے باکھ ترٛاوٕن
ٲلہِ ہُنٛد مول جامن چاک دیوٗن
کوٗرن یادوس ٲرا پتو لاکن
کوٗرن بادوس وأصل ذاتِ پاکن
قبر گٔے وٕژھ تہٕ موٗت ژاو قبر اندر
وُچھن اَفتادٕ پیٚمژ ٲل سوندر
دوشوٕے جاے رٔٹکھ لامکانس
بقا چُھنہٕ أخر یَتھ جہانس

یِتھے پأٹھی چھُ "ہارون رشید" مثنوی ہُنٛد گٕلہم جذبأتی حِصہٕ اَمہِ مثنوی ہنٛدِس کردارس ہارون رشید سنٛدِس نیچوٗس عبدالعزیز سنٛزِ ماجہِ ہنٛد بو وبداکھو ستی کربلا ہیوٗ پأدٕ کران یِمہٕ ستی پرٛتھ کانٛہہ بوزن وول کٔیو پرٕن وول اشکبار چھُ سپدان۔مثالے

ماجہِ وۆدنس راجہِ روۄم مِصرٕ گٔے
ہاودٕے بو میٚژِ موٗزوٗرو بصرٕ کے
مِصرٕ کے شہزادٕ بصرٕ کہِ عأجزو
ناد لایے میٚژِ موٗزورو وولو
ماجہِ مإٔلس تاجہِ دارو روۄہم
پتہٕ یِمہٕ ہے کانٛسہِ وَتھ نو ہأوِم

بو لگے ناوس ژے داوس لاؔ جتھس

ہاے پوترِ وشین شرٛ اونہٕ گاؔ جتھس

''ہی مال ناؔ گی راے'' مثنوی منٛز چھےٚ جذبات نگاؔری ہنٛز شِدتھ تمہِ وزِ ووتلان ییٚلہِ ناؔ گی رایس سوداگر سُرف زاؔنتھ شمشیر ہتی ٹکر چھُ کران تہٕ ہی مالہِ ہُنٛد بیدار گژھتھ پننِس محبوبس ٹکر وٕچھِتھ تمۍ سُنٛد فلو اسپدُن تہٕ امۍ سندِ ماتمک منظر چھُ ولی اللہ مُتۍ تمہِ آیہِ پیش کوٚرمُت زِ اچھن برونٛہہ کنہِ چھُ پزِی کنۍ اَکس تِمس باوفا زنانہِ ہُنٛد تصور گنان یَس پنٕن ٹوٹھ محبوب یاونس منٛز ژھینہٕ چھُ گوٚھان۔ مثنوی نگار چھُ سیٚدِ سیوٚد اکہِ مشٔرُک منظر پیش کران۔

سَرش رابید ریغ از تن جُدا کرد

دریغ آن سرکہ تیغ از تن جُدا کرد

چناں فرقی بخاک اُفتاد ناگاہ

عجب سالیست یارب آہ صداہ

مقبول شاہ کرالہٕ وارٛی چھُ ''گلریز'' مثنوی منٛز امِکی کردار، واقعہٕ تہٕ جذبات نگاؔری موقعہٕ محلہٕ مطاؔبق گرِی مٕتی۔ جذبات نگاؔری چھےٚ تمہِ وِزِ ووتلان ییٚلہِ نوش لب عشقنس سوٚ درس منٛز ہینہٕ یتھ معشوقہٕ سنٛدِ دادِ بے اختیار سپدان چھےٚ۔ سو چھےٚ بے وایہِ پاٹھی نارس ووٚتھ دِوان۔

أکس اَکھ بوسہٕ ہێتی دِنۍ گلعذارو

وُچھان داغِ جگر روٗٹ لالہٕ زارو

تکن ہر کانٛسہِ بوزٕنۍ یِم رموزات

زِ عاشق کیٛاہ وَنن وقت ملاقات

میکۍ تاثیرٕ نے دیُت مُستی جوش

ژٕٹنۍ ہێتی دوٗرِ دوٗرے وصلکۍ پوش

چوان مَس اَسی لولہٕ کہِ وصلہٕ شیشہِ

بہتھ زن اوس مجنوٗن لالہِ نِشہِ

مِشتھ گو نیک وبد گۓ مست ہُشیار

خبر کینٛہہ روٗز نہٕ از یارو اغیار

تہٕ ییٚلہِ نوش لبہِ موج أکس وو پر مردس ئستی یکہٕ وٹہٕ وُچھان چھےٚ سو چھےٚ نازمست زبردس ناراض گژھان تہٕ پننین جذباتن ہُند اظہار چھےٚ یمن لفظن منٛز کران ـــ

عداوتھ ییٚتھ کمێگ اوسے ژٕ ے میونُے

گرِتھ رسواے عالم کوٗر میأنی

ژٕ ے چھے نا کینٛہہ خطاراہ چھُم مےٚ پانس

مےٚ پانے پڑان مِلوٗم زافرانس

یِہ کر زوٗنم مےٚ چھِو تہِ دشمن دوست

ہنٛدٕ ہن ہُنٛد رلہِ ہوٚنٛمن چھوٕ ولتھ پوست

یِہ کیاہ کوٗرتھم بہٕ گرٛتھس خارو رسوا

بجاے دوستی دوٗستوٗر یِی چھا

امہِ پتہٕ چھےٚ پرٕ ی ین حکم دِوان زِ عجب مٔلی کس گرٛھہِ صبحک گاش ترکستانہٕ تہٕ نوش لبہِ پننہِ گر پھولن ۔ یٚیلہِ نوش لب صبحس بیدار چھِ گرٛھان سو نہ چھِ سُہ باغ وُچھان تہٕ نہ چھےٚ عجب مٔلی کس وُچھان ۔ مقبول شاہ چھُ تمہِ آیہِ أمِی ہٕنٛدی وبداکھ پیش کران زِ قأری چھُ عاشق معشوق ہٕنٛدِ ژھنبہٕ گرٛھنگ تصور، ہاوسن تہٕ دِلہٕ کمن ارمانن ہُنٛد منظر بروٛنہہ کُن یوان ۔

صبح پھوٚل بُلبُلو تل شورو غوغا

گیٖس بیدار مُژربم چشمِ شہلا

خبرأسم بہٕ چھُس در برنگارس

مقرر گوٚب چھےٚ پینٛز نیندر بہارس

سُہ عأشار اختا دوشوٕنی بربما اوس

خُشی شوٗبس وٕنی کر ما تما اوس

خریدارو کمیوٕ بازار ژھارتھ

مےٚ تاوَن پووٚتھم کمہِ وانہٕ گارتھ

یتو ہا صبحکے خوشبویہِ واوو

نتو تَس گلعذارس میٛانہِ گژاوو

مُدا اُہے کرٕنی اُخر جُدأیی

یوٚہے چھا سا طریق حق ادأیی

ہتو واو ژٕ کیٛاہ زانکھ مےٚ کیا گوو

گٕمتی چھم وأنج دمگیرٕ کی سزٕو

''شُکر ریز'' مثنوی منٛز یییٛلہِ ''عبینہ'' انصارن ہٕندِ ذٕسی مارٕ چھُ سپدان۔ مثنوی نگارن چھےٚ ریاہندٕن جذباتن تہٕ احساسن ہٕنز رژٕ ترجمأنی ییٛمہِ آیہِ کٔرمٕژ۔

ژٔری جامن زِ سرتاپا دِژُن چاک

سٕہی قد سرو ہیوٚ تمہِ ترٛووٕ برخاک

بدن ڈلہٕ وان نکھہٕ تل گیٚہِ عبینس

بہ تَن تَن لأجنس ہتی نازنینس

بہ شوق و ذوق روٚژُن نالہٕ متےٚ

دوٚپُن تَس چھس بہٕ ریا لالہٕ متےٚ

بہ ریا چانہِ باپتھ مہٕ جبین چھس

نٕیندر کیا پیٚژ چھےٚ برچشم مخموٗر

یتھے پأٹھی ییلہِ ''زین العرب'' مثنوی منز شہزأدی زین العرب أکِس غلام بکتاش سُند گوٚن بوٚزِتھ أمِس پٹھ عاشق گژھان چھِ تہٕ پتہٕ ییٚلہِ سو أمِس نِش پننہِ عشقُک اظہار اکِہ خط ذریعہ کران چھےٚ۔ زین العرب چھےٚ یہِ خط بکتاشس وایہِ اتھِ سوزان۔ بکتاش چھُ حأران گژھان تہٕ أمی سُند ردِعمل چھُ جذباتن منز یتھ حقیقی باسان۔ ناظم صأب چھُ یہِ صورتحال یتھہٕ پأٹھی بیان کران ؎

وٚنُن تَس دایہِ وٚلنس مایہِ ہتی
یہِ غم ساتِس مےٚ تَس درسال ءکتی

وُچھانم سیوٚ دمےٚ ویوٚ دروٚ دُم نہ سےٚ ساتھ
دپے یوم بتہِ وُچھن زأں نم نہٕ کانہہ باتھ
دپے یوم سیوٚ دبہٕ وُچھہن ہوٚل وُچھم ما
دوٚیو شہمأری زُلفو دِل بُچھم ما
سو سِر ما میون کُنی تٔلی کانسہِ باوہم
بہ رشکِ از تیغ غمزہ ناوہم

''زیبا نگار'' مثنوی منز ییٚلہِ نگارسؔ بوے فند کرِتھ نوان چھُ۔ زیبا چھےٚ نگار ہنز جُدأیی منز فلوا گژھان۔ مثنوی نگارن چھےٚ جذباتن ہنز شِدتھ ییمہِ آیہِ بیان کرمژ۔ مثالے ؎

کۄڈُن آہِ جگر کاشانہ زوٗلُن
وُچھن از یار خاٗلی خانہ زوٗلُن
یہِ کٕمی دۄپنم یہِ کٕمی کوٚنچھم یہِ کیا گوم
ژۄلُم کُس یار ہیتھ کُس نمول رہ پیۄم
یہ کٕمی دۄپنم ژےٚ گژھی نےٚ دوٗن جُداٗیی
تُسُند راوُن یۄژھم کٕمی ناخہ مداٗیی
ژۄلُکھ ژھٕنِن دِتھ مےٚ نِش لاچار کٔرتھس
گٔیس پھلوا ژےٚ پتھ آوارٕ کٔرتھس
یہِ کر زونم ژےٚ ستِن گژھم ژھٕنِن
برٕنی ژےٚ ستی اٚسم دۄرٕ رٕکی دٕہن

کاشرِٕن مثنوی ین منز چھِ جذبات نگاری ہٕنز رٕژ مثالہٕ در ژھی گژھان۔ تمہِ آیہ چھُ غمُک، خشی تہٕ خوفُک جذبہٕ لبنہٕ یوان باسان چھُ زِ پرٕن وول زنتہٕ پانے پننوٕ اچھو سوٗرٕ وُچھان تہٕ محسوس کران چھُ۔ مثالے ''سوہنی مہیوال'' مثنوی منز ییلہِ سوہنی مہیوال سٕنز جُداٗیی منز دریاوس ووٚٹھ چھِ یہِ لایان۔ مثنوی منز چھِ جذباتن ہٕنز برپوٗر رشِد تھ موجود۔ پیر مسکین صاٗب چھِ جذبہٕ ہۄت دردناک واقعہٕ یتھہٕ پاٹھی بیان کران۔

ہریومُت آب دٔریاوس زٕ باراں
بکژتھ اوس کٔیت ہیوٗ موج ماراں

وولو دِلدار وُچھتم کیاہ بُنتھ آم

مےٚ چانے عشقہٕ کیاہ ڈیوٗٹھم سرانجام

مےٚ چانے ویرِ گُس غارتھ کرُن پیوم

یِتھس سہلابہٕ طوٗفانس ترُن پیوم

مےٚ عزرائیل پزاران زونِس چھُم

مگر زُو پزارِ وُن چانِس یِنَس چھُم

یتھہٕ پاٹھی کاشرِ بن لولہٕ مثنوی ین منز جذبات نگاری وۄتلان چھِ تتھے کُنی چھےٚ کاشرِ بن جنگ نامن منز تہٕ جذبات نگاری وۄتلاونہٕ آمٕژ زنتہٕ تخلیق کاروشعوٗری طور پرن والین ہنٛدِ جذباتی احساسہٕ باپتھ یم واقعہٕ پیش کرِ ئمتی چھِ۔ جنگ نامن منز تہٕ چھِ بعضے عشقیہ واقعہٕ بیان کرنہٕ آمتی تہٕ یم عشقیہٕ واقعہٕ چھِ ہو بہوٗ لولہٕ مثنوی ین ہنٛدِ اندازٕ ے باونہٕ آمتی۔ شاید چھُ امیُک وجہ یی زِ شاعرُ چھ پرن والین ہنٛد توجہ مرکوٗز کرنہٕ باپتھ امہِ قسمکی واقعہٕ پیش کرٕمتی۔ پزرتہٕ چھُ یی زِ یم عشقیہِ واقعہٕ چھِ جنگ نامن ہنٛدی رِتی تخلیقی نموٗنہٕ تہٕ یمن تخلیقی نموٗنن چھےٚ شاعرو سٕنٛدِ دِلکش اندازس منز جذبات نگاری وۄتلاوِمٕژ۔

''سامنامہ'' مثنوی منز یۄسہِ سام گل دخت پری ہنٛز تصویر وُچھان چھُ، سُہ چھُ تصویرُ وُچھانے تَس پتھ فریفتہٕ سپدان تہٕ دیوانن ہنٛدی پاٹھی تہنٛدِ باپتھ کریشان تہٕ پننین جذباتن ہُنٛد اظہار چھُ یتھہٕ پاٹھی کران۔

وۆ دُن واراہ پری صورت گرن یاد
دِوان اوس حالہٕ اکۍ لالہٕ فریاد
وولو معشوقہٕ شوقن گرمۍ گانگل
گلے بوہولہٕ کرتھم لولہٕ ہانکل
وولو معشوقہٕ وَن کتہٕ چھُے وطن ژے
بہ وَن وَن وُنی دِمے وَنن وتن ژے
وولو معشوقہٕ آمو زخم کاری
چھوکن کرتم دوا بوزُم مۍ زاری
جگر پارٕ بہٕ کھوٗرتھس یِژ آوارٕ
ژےٗ نِش گس واتہٕ ناوہم کیا چھُ چارٕ
دِوَن فریاد نالہٕ ہائے ہویے
أچھو کِنی اوٗش پکن تس جویہِ جویے

فغفور چین بیٔلہِ پننہِ کورِ گلدخت پرٕی تہٕ سامہٕ ہنٛدِ عشقٕچ خبر بوزان چھُ، سُہ چھُ سامَس أکِس محفلہِ منٛز دعوت دِوان تہٕ بے ہوشی ہُند دوا دِتھ چھُس چھِس منٛز تراوان۔ پری دخت چھِ سامہٕ ہنٛز جُدأیی منٛز بے قابو گژھتھ وبد اکھ لکھمن جو بُلبُلن چھِ أہندِ ہن جذباتن ہنٛز عکاسی یِتھہٕ پأٹھی کرہٕنۍ دِوان۔

گیم کامن لُجِس بو لوکہٕ پامن
چھلن دامن وَلن چھُم شرمہ دامن

یتھے پاُٹھِن سرن گُل زَن ہرن اَسی
بَرن دار بن برن پیٹھ لیل کران اَسی
ہنٛدر گاٹہٕ اَندری گاٹہٕ سینٛدر تَس
دوہس آرام نہ راتس نینٛدر تس

’’جنگ اُحد‘‘ مثنوی منٛز چھےٚ جذبات نگٲری تمہِ وِزِ شِدتھ پاٹھۍ کران ییٚلہِ حضرت حمزہؓ سنٛز بینہِ پننِس شفیق تہٕ ٹاٹھِس بٲیِس شہید گژھتھ وُچھان چھےٚ۔ یمن جذبن ہُنٛد اظہار سو کران چھےٚ، تم چھِ حقیقی باسان تہٕ اسماعیل نامی ین چھےٚ یمن ہنٛز عکاسی یتھہٕ پاٹھۍ کرمٕژ۔

ہسا بایہِ کتھ جایہ غینٛدر پییٚ
کسنٛز رایہِ نفرت ژیٚنۍ دنیا گییٚ
ہسا بایہ کوتاہ چھُ بے وایہِ مرگ
کمن گُل عزارن کران ضایہِ مرگ
ہسا بایہِ کمہِ رایہِ دژاہم گرے
گرِتھ شرٛ اونس پوٚہ لوٚگم دوہ درے
کمیوٚ گژاوِ گوہم ڈیکس دٕزہ لٕدِتھ
ژلتھ تاو ژوٚلم دکہٕ ناوِ دِتھ

یتھے پاٹھۍ ییٚلہِ وہاب پرے ہنٛدس ’’شاہنامس‘‘ منٛز افراسیاب پننہِ کورِ منیژہ وو پرمردیشن نس ستۍ وُچھان چھ، سُہ چھُ تَس قاُدتھاوان تہٕ

رُستم چھُ ایرانہٕ پٹھ سوداگر بنِتھ اُمس موکلاونہٕ یِوان رستمس منٛزٕ سمکھان تہٕ پننٮ۪ن جذباتن ہُند اظہار چھےٚ یِیمہِ انمانہٕ کران ۔

دَپِن باز چھس دخت افراسیاب

گُرس گردشے آسمانن خراب

بہ عشقہٕ تسندے گمُژ خار چھس

پراگندہ درکوچہِ بازار چھس

سُہ گوٗمُت گرفتار از شوقِ من

چھُ درچاہِ زندان سہ معشوقِ من

سُہ آوارِ مےٚ پتھ بہٕ تَس پتھ خراب

سُہ درانتظار بُہ در اِضطراب

گُلہم پاٹھی چھُ کاشرٮ۪ن لولہٕ مثنوی ین تہٕ جنگنامن منٛز شاعر و کوٗشش کرِتھ کینژَن واقعہن منٛز جذبات نگاری پیش کرمژ ۔ حالانکہِ یمن جنگنامن منٛز چھِ کینہہ مثنوی یہِ تِژھ تہِ یمن مذہبی موضوع چھُ مگر تخلیق کارن چھےٚ یہنٛز مذہبی تہٕ عقیدتی اہمیت برقرار تھاوی تھے جذبات ووتلاونٛچ شعوٗری کوٗشش کرمژ ۔ یتھہٕ کٔنی چھےٚ یہِ کتھ بروٚنہہ کُن یِوان ز کاشرٮ۪ن لولہٕ مثنوی ین تہٕ جنگنامن ہنٛدی تم واقعہٕ چھِ خوبصورت شاعری ہندی نموٗنہٕ یمن منٛز جذبات نگاری ہُند عُنصر در پیٹھی یِوان چھُ ۔ پزٕر چھُ یہِ زِ کاشرِ مثنوی یہِ ہُنٛد یہِ حِصہٕ چھُ شوٗبہ دار تہٕ طرحدار تہٕ ۔ ☆

# کأشرِن مثنوی یَن منز مقأمی رنگ

یتھ پأٹھی پرٚتھ کُنہِ موقس پنُن اکھ منفرد کلچر چھُ آسان۔ تِتھے پأٹھی چھُ پرٚتھ کُنہِ جایہِ تہٕ علاقُک مُقأمی تہذیب وتمدن، وۄتھن بِہُن، لُسُن بَسُن، کھسن چینٕکی طور طریقہٕ، پلو پوشاک بیترِ تہٕ اکھ منفرد حیثیت تھاوان۔ گشیرِ تہٕ چھےٚ اَتھ پۄت منظرس منز الگ تہٕ بدۄن کلچرک مقام تھاوان۔ ییتہِ کِس پرٚتھ چیزس چھُ پنُن اکھ الگ رنگ تہٕ وزن۔ وۄں گوو گُلس پیٹھ چھِ یِم سأری لوٕکٹ موٕکٹ کلچرٕکی رنگ تہٕ وطیرٕ بہر حال کأشریٚتکے باس دِوان۔ ییٚتِکی گاسہٕ مأدان، نَیہِ، جنگل، بالہٕ تھۄنگی، شیٖنہٕ وٕلِتھ سفید سنگر، گربزٕ وِنی آرٕ، مأری مۄندی پوشہِ چمن، قسم وار موٕ باغ، شولہٕ وِنی داں ڈل، دلفریب مرگہِ، گُلی کُٹہ، عجیب غریب جاناوار تہٕ جانور، ویرِ وار، رقص کروِنی آبشار تہٕ مالا مال آبہٕ ڈل ہوی ہتہٕ بٔدی چیز پننہِ حُسن وجمالُک باس دِتھ کأشریٚتِکس ابدی باغس رونق بخشان۔ اَمہِ علاوٕ چھُ ییتہِ واریہن چیزن تہٕ جاین بیترِ منز کأشریُت لبنہٕ یوان۔ اَمہِ قسمچہِ مثالہ چھےٚ کأشرس ادبس منز پرٚتھ جایہِ گہے ٹاکارٕ تہٕ گہے ورگہٕ پأٹھی لبنہٕ یوان۔ کأشرِ شأعری منز تہِ چھُ کأشُر ماحول تہٕ ییٚتیک اۄند پۄک بیترِ زبر پأٹھی بیان کرنہٕ آمُت۔ سو

آسہِ خالے کانْہہ صِنف یتھ منز نہٕ کأشُر رنگ اکہِ نتہٕ بیٚیہٕ طریقہٕ نمایاں چھُ۔ بامے سُہ افسانہٕ، ناول، ڈراما، نظم، غزل، رُباعی یا اسے بیتر اُسی تن۔ شأعری منز چھِ امہِ قسمکی نموٗنہٕ زیادے پہن۔ یوٚ تام زَن مثنوی ہنٛد تعلق چھُ یہِ صنف تہٕ چھنہٕ پٔنن فرض انجام دِنس منز پتھ روٗزمٕژ۔ کأشرس منز آیہِ باقٕے کینٛژَن صنفن ہنٛدی پأٹھی مثنوی تہِ فارسی پیٹھے تہٕ کأشرس منز وأتتھ لوٚب امہِ صِنفہِ کأفی عروج۔ پننہِ ابتدا کالہٕ پیٹھے یموٚ تہِ مثنوی نگارو فارسی مثنوی یہِ کأشرس منز ترجمہٕ کرِ تمو سارِوے کریہ کوٗشش زِ یہُند مزاژ تہٕ ماحول گوٚژھ کأشرس زمینس ستی رَلُن تاکہِ کأشری لوٗکھ ہکہِ ہَن مثنوی پرن وِزِ پٔنن اوٚندپوٚک زأنتھ تہٕ ستی گژھِ پرن والین اتھ صنفہٕ ستی دلچسپی ہُرنی۔ یم کردار فارسی مثنوی نگارو ورتاوی مٕتی چھِ، تمن کردارن دیُت سانیو مثنوی نگارو کأشُر رنگ۔ یوسہٕ منظر نگأری فارسی شأعرو پننہِ ماحولہٕ مطأبق ورتاومژ أس، سو تہِ آیہِ کأشرس ماحولس مطأبق پیش کرنہٕ۔ لولہٕ مثنوی یَن تہٕ جنگنامن منز تہِ چھےٚ امہِ قسمٕچہِ مثالہٕ دریٚنٛٹھی گژھان۔ تیٚمی تہِ مثنوی نگارن کأشرس منز مثنوی پھرِ، پزتھ اُکی چھِ امکی کردار، واقعہٕ تہٕ ماحول کأشرِ قالبہٕ تھُرنچ کوٗشش کرمٕژ۔ سارِوے بروٚنہہ چھُ محمود گأمی سُہ شأعر یسٕنزن مثنوی یَن منز مقأمی رنگ جایہِ جایہِ نظرِ گژھان چھُ۔ یہِ چھُ حساس کأشُر شأعر یسٕنزن مثنوی یَن منز کشیرِ ہنٛدہن پوشن، جاین تہٕ جاناوارن ہنٛد عکس لبنہٕ چھُ یوان۔ مثالے

گولاب تے مائزِ پوش تے گلِ مرجان
کھسان اُسۍ رزِ رزے عشقہٕ پیچا
سبزتَس کیاہ چھُ شبہٕ وُن ہونجہِ منز باگ
ڈُلم تَس چاہ بائبل ننتہٕ ویر ناگ

(لاٗل مجنون)

سو ڈیشتھ کوٚر گلالن جامہٕ پارے
سو ڈیشتھ آرِ وَل دٕز عشقہٕ نارے
سپزتَس کیاہ چھُ شبہٕ وُن ہونجہِ منز باگ
ڈُلم تس چاہ بائبل ننتہٕ ویرناگ

(قصے محمود غزنوی)

سبٹھاہ کستوٗری پوشے نوٗل بولان
یہٕ بوٗزِتھ عاشقن دِل اوس پھولان
قُمری اُسۍ نالہٕ دِوان راٗتی راتس
پران اُسۍ ذِکرِ حق ساٗری بذاتس

(لاٗل مجنون)

''لاٗل مجنون'' مثنوی چھےٚ کٲشِرتہٕ کاٗشریتس اَندی اَندی گتھ کران۔ اتھ منز چھُ لاٗلہِ ہُنْد محبت کاٗشرِ زنانہٕ ہُنْد محبت باسان۔ جداٗیی، وصل، اندازِ گفتگو، کٲشِرِ ہنْدی مختلف پوشِ، استعارٕ علامٔژ، تشبیہہ، کٲشِر ہُنْد تہذیب و

تمدن ، ماحولٕچ ، ثقافتٕچ تہٕ کٔشیر ہنٛدِ پتھ کاژٕچ عکاسی چھےٚ تمہِ آیہ کرنہٕ آمٕژ زنتہٕ چُھ یہِ قصہٕ تیٚمی سرزمینٛک پأداوار باسان۔ کأشُر مزازٕ تہٕ کلچر چھُ اکثر جاین پریڈان۔

نألی چھم جبل تَے کٔیاہ لوکچارو

مأتی ماجہِ رشکہٕ ستی کوٚرہس بند

وأتی کن زأتی وانکہٕ ژےٚ کٔرھ بارو

وتو لأل کتہِ پژارأیو



مخمل وتھرے مژ گُلستانس

بالہٕ پوشن خبرے ایوانہٕ ہے

سونہٕ پوش لاگس مژگریبانس

مہار ازٕ مجنون خانہٕ ہے



وِگنے ونہٕ وُن کران سہولے

راتس گرٛشھِ نا دُہول یے

رنگہٕ رنگہٕ وایان رنگہٕ منڈولے

از ژلہِ اَسہِ نہٕ ہول یے



سوٗنہٕ سُند گوٗند تے جامہٕ چھس پھٹتھٕ یے
کامہٕ دو شہزادٕ آنگن ژاو
باغن رنگہٕ رنگہٕ کم گُل پھٹتی یے
بوٗمبُر یمبرزولہِ ژھانڈان آو



روٗسی تے ہرنہٕ ہانگل یارٕ ژٕمی ہٕندی
پھیرِ وٕنی شیر خدمت گارٕ ژٕمی ہٕندی



چھِ پھٕلیمتی کارِ پٕتی سنمبل یمبرزول
گولابو رنگہٕ ول تے بیٚہِ مسَول
آرٕوَل نارٕ دٕزمٕژ یارٕ دادے
رنگہٕ وَل آیہِ پھٕلی پھٕلی لادِ لادے

محمود گامی ہٕنزٕ ''شیخ صنعان'' مثنوی منز چھِ کاشرٕ تیٚچ خوش بوے نظرِ گژھان۔ یوٗ دوَے یہِ مثنوی بنیأدی طور فارسی پأٹھی تحریر سپز ہٕژ چھےٚ مگر مثنوی نگار چھُ پننس ترجمس منز تیٚتھی ہوی لفظ ورتأوِتھ پننہِ مثنوی مقأمی رنگ بخشان۔ مثالے گچھ گُٹھِ، زألی وانکہٕ، کنہٕ وألی، کالہٕ شہمار، یندرراز ،کالہٕ موے، مستوٗرِ، یمبرزل، سنمبل، رٕنٛلی موے بیتر۔

گچھ گُٹھس گاش چونُے جنیٚچ اچھِ دأری یے



زألی وانکن وألی کنن شوٗبہِ موختے ہأری یے



ژالہِ کوتاہ نال وٗلنم أمی کالہٕ شہماری یے

محمود گاٚمی سٕنز مشہور مثنوی ''یوسف زلیخا'' چھےٚ کاٗشرس ماحولس پؠٹھ پاٗٹھی وحاطہٕ کران ۔ حضرت یوسفسٕ ییٚلہِ وورِ باٗے فندن پانس سٕتی نتھ رنگہٕ رنگہٕ تکلیف دِوان چھِ ۔ اَتھ باوَتھ چھُ محمود گاٚمی یِتھہٕ پاٗٹھی کران ۔

تیٚوٗت لوٚہس نیلے یَس تَن

پمپوشس گوٚ رنگ سوسن

چھُس بہٕ کنڈ بن پیٹھ ننہٕ ووٗرے

چھُکھ ژٕ بپنا وُچھان سوٗرے

اوس رِوان دِوان نالے

ہرنہٕ زَن اوس لوٚگمُت زالے

تہٕ یِتھے پاٗٹھی ییٚلہِ حضرت یوسفنہِ جُدأیی منز حضرت یعقوبسٕ أچھن گاش گژھان چھُ ۔ اَتھ واقعس چھُ محمود گاٚمی ین یِتھہٕ پاٗٹھی مقاٚمی رنگ دیُتمُت ۔

جان وندے جگرٕ یتم

ژھونجہِ اکے درشُن دِتم

چون دوٗربر گوم مےٚ مشکل

گوم سبٹھاہ چھوکے لد دِل

وونہ پھوٗٹم جگر ژوٚٹتھم

سوٚنکی پاٗٹھی مزار روٚٹتھم

جان وندے جگر گوشے
بۄ گوہم ہا پمپوشے
بۄ گئے مو یمبر زوٕلے
کتہٕ پیٚیہٕ یو نٔیندرِ زوٕلے
زأنٛی وانکن فلوٕلہٕ متھے
مائٛی پوتھر کرو کتھے

حضرت یوسفؑ سندِس مرنس پتھ یم دوکھہٕ ہٕتی وبدا کھ زلیخا دِوان چھےٚ، تم چھِ کأشرِ ماحولچ مکمل عکأسی کران۔ مثالے

مرنہٕ چانے ترٛوو بولن بُلبُلن
مرنہٕ چانے جامہٕ پارے کٔرۍ گُلن
مرنہٕ چانے کأرہج گئے سوٚمبلن

ناد لایے میانہٕ یوسفو وولو
برِ چمن ہیہٕ بٔرتھ چھم گُلے
زُلف سوٚمبل چشمہٕ چھَم یمبرزوٕلے
شوٗبہٕ ہا ژٕ ےٚ قبرِ پتھ ترأوِتھ زوٕلے
ناد لایے میانہٕ یوسفو وولو

اَمہٕ علاوٕ چھِ بیٚیہٕ تہٕ واریاہ استعارٕ تہٕ تشبیہہ بیترِ کأشر رنگ، کأشر ماحول تہٕ کأشر کلچر ہاوان تہٕ جایہٕ جایہٕ چھُ مقأمی رنگ لبنہٕ یوان۔ مثالے

سوٗنکی پأٹھی مزار رٔٹن ، پمپوش بۄ گژھن، زٲلی وانکن فلوٗلہٕ متھن، ستہٕ ؤری شہِ برہم دیُن ، مجہِ تیر ،بیرِ لنگ ،یمبزرل چشمہٕ تہٕ کامہٕ دِو بیترِ ہوی لفظ، تشبیہہ تہٕ استعارٕ چھ کأشرس فضاہس للہٕ کھوٗل کران۔

مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأری سنز مثنوی ''گلریز''منز چھُ کٔشیرِ ہٕنزِ فطری حسنُک عکس نظرِ گژھان۔ مثنوی منز چھُ کأشر گوٗن ،باغ ،دریاو، جاناوار تہٕ جانور ، وَنہٕ ؤن تہٕ فراقکی بأتھ بیترِ کأشریُت ہاوان۔ مقبول شاہ کرالہٕ وأری یوسہٕ زبان اَتھ مثنوی اندر ورتأوِمژ چھِ سو چھِ چھرا مقأمی رنگس تحت ورتاونہٕ آمژ۔ مثنوی منز یمہِ آیہِ نوش لبہٕ ہُند سراپا، باغک ماحول، پوشہِ چمنن ہُند برجستہٕ آسن، بُلبُلن ہٕندی نغمہٕ ، جانورن ہُند بول بوش، محبتُک الاو، جُدأیی ہُند کریوٗٹھ سفر، محبتُک سماع تہٕ صبحکہِ وقتہٕ جانورن ہُند چرگش بیترِ چھُ کأشریتُک شوٗبہٕ ؤن تہٕ لوٗبہٕ ؤن میراث ۔

کنو ٹلی دوٗرٕ پھلی زن شولہٕ ترٛاوان
اچھے پوشن سُہ کنفل مند چھاوان
رنگہٕ رنگہٕ أسی زَن گلزار پھٲلئِ متی
زِ مستی پوشہِ نوٗل أسی ہوشہِ ڈٲلئِ متی
اچھے پوشن پُچھن ہنزٕ أس نہٕ گژھند
کچھ کنہِ نسترن اندر شکر خند

گولاب وہی تہٕ مسول آرول کیاہ
گُلٕ کاٗتیاہ چمن بٔری بٔری مول کیاہ
سبز پوشن پڑزلوٗن رنگ کیاہ جان
دٕزِ دٕزِ أندری ڈیشتھ سہ شہلان



لنگہٕ لنگہ أسی پھیران رنگہٕ بُلبُل
رنگہٕ رنگہٕ تیی تمن ہُند شورو غُلغُل
خوش الحال جوشہِ آٗمتی جل تہٕ کستوٗری
تمی سوزِ تمن ما تن گٔمژ سوٗری
خراماں ہارِ زَن آسہِ باقماشہِ
کران خوشباشہِ طوطن ہٕنز آشہ

مقبوٗل شاہ چھُ عاشق معشوق سُند ژھننہٕ گرِٛھنک ماحول کاٗشرِ سیاق وسباق مطاٗبق گران۔ مثنوی نگار چھُ نوش لبہِ ہٕندِ ڈٔسی اَتھ واقعس یتھہٕ پاٗٹھی کاٗشُر رنگ بخشان۔

پھولوٗنی ہے بہارس أرنہِ رنگ گوم
مولہِ لِس عاٗشہِ کِس خضر شرٛنگ گوم
دُہفتچہِ زوٗنہِ سر تٔلی تھے گرٛہُن پیوم
شوٗگوفس شین گلزارس کرٛہُن پیوٗم

یمبرزل تَس بومبۆرنہٕ مایہِ ؤجنس
پھرٕ کہٕ وِنی ژُرگژکہِ ۆنہِ تاوِ تجنس
وبدا کھ اَسس دِوان ہجرٕ چ کران لبل
وۆلو کرٕتھس برٕتاز یمبرزل

عبدالاحد ناظم سنٛز '' زین العرب '' مثنوی منٛز چھُ کٔشیرِ ہندِ ماحوٕچ ، أندی پکھچ تہٕ ییتہِ کینہٕ مختلف چیزن ہُند عکس لبنہٕ یوان۔ امیُک ثبوٗت چھُ مثنوی منٛز ورتاونہٕ آمتین لفظو ، استعارو ، تشبیہو تہٕ پیکر وِستی بے شوٗنکی پاٹھی میلان۔ پرٛتھ کانٛہہ لفظ چھُ کاشرِ مروج زبانۍ منٛز کاشر ماحولُک ، ثقافتُک ، تمدنُک تہٕ تہذیبُک ثبوٗت دِوان۔ مثالے ہایہِ تہٕ ضایہِ مسول گرٕہنی ، سروِ قد ، اندمزار واٹُن ، ٹاکانۍ ، ڈیکس ژندن لاگُن ، چشم بادام ، کلہٕ پیٹھ بادمن ننٛدر پینٛی ، گل شرمہِ ہندِس زالس منٛز آسنی ، ژٕننی پوشن منٛز سیاہ داغ ، أنزنہِ گردن ، لالہٕ زارس گتھ کرٕنی ، گُلالہٕ سُنٛد برجگر داغ رٹُن تہٕ سنمبل ہوی ہتہٕ بٔڈی الفاظ یم کٔشیرِ ہنٛز خوبصورتی ہُند عکس ہأوِتھ کأشر ماحول تہٕ کٔشیرِ ہُند اوٗند پوٗک وہرٕ ھناوان چھِ۔ یوٗ دوَے اَمہِ مثنوی ہُند آرجتل فارسی چھُ مگر مثنوی نگار چھُ محاورٕ ، تشبیہہ ، استعارٕ تہٕ مثالہٕ بیترٕ کأشراوِتھ نفیس پأٹھی کاشرِ ماحوٕچ عکأسی کران ۔

زرے نو گُل بدن واٹُن میٛرٕے تل
زرے نو ہا یہ ہی تے ضایہِ مسول

زرے نو سروِقد واتن مزارس
جُدا قمری دِوان گھ لالہٕ زارس



مےٚ لوٚدھم مامہٕ لیٚکھی رام کوٚرتھس
وُپھ وُن جانور دردام کوٚرتھس



دپیوٚم سیوٚد بہٕ وُچھہن ہوٚل وُچھم ما
دویو شہمارٕ زُلفو دِل بُچھم ما

امہٕ علاوٕ چھُ اکثر مثنوی یَن منز اکہِ نتہٕ بییہِ رنگہٕ مقامی رنگ لبنہٕ یوان۔ کینٛہہ مثالہٕ چھِ پیش ؎

گلِ نارٕکی تیوٚ نگل وُچھ وُچھ چنارن
کنارن ہردِ تتھ ژھٹھ کڈیہٕ نارن



خضر کھالن زِ زمزم آبِ پُرتاب
گُلن سوٚنبلن یمبرزلہنے دِوان آب



دولو ہا ناگٕ رایو کمٕ دوٚلے نال
بہٕ برٕ گرٕنس ترو تازٕ ہیہِ مال

وولو شاہ یوسفو کُمی ژےّ ہوُرن خوُن
مےّ نبہٕ دُب گوم چھَس بہٕ حبہٕ خوتون
(شکر ریز)

زرے کوتاہ مےّ رأوِم یاوٕنۍ زی
برے کُرٕتھس پھولأنی شرٛ اوٕنۍ ہی
گٔیس مفتو چو بُلبُل چانہٕ ویرے
گولابو بہہ تہٕ ساتھا میٲنہٕ شیرے
(زہرہ و بہرام)

ہولہٕ چھوکھ پیو لولہٕ گنہٕ رینٛے
پان وولُن عشقہٕ آوٕرینٛے



ہیٚہٕ مالہٕ گو سینہٕ افگارو
ولدارو ہا معیارو



پتھ کارِ کاکُل مستہٕ
سورٕگکی سوٗنبل دستہٕ



گیسوی مشکین بردوش
زَن کالہٕ شہمار مینوش
(چندر بدن)

لولہٕ مثنوی ین ستہٕ ستہٕ آو جنگنامن تہٕ کأشرس منٛز ترجمہٕ کرنہٕ۔ امکۍ واقعہٕ، کردار، ماحول، جنگک خوفناک منظر بیتر آو کأشرِ ماحولہٕ مطأبق تھُرنہٕ۔ پرکاش رام چھُ ''رامائن'' جنگنامس منٛز کشیرِ ہُند ماحول، ییتکۍ موسم، جاناوار تہٕ جانور تہٕ کشیرِ ہنٛز مختلف مقدس جایہٕ تہٕ کشیرِ ہنٛز خوبصورتی ہُند عکس ہأوِتھ اتھ مکمل پأٹھۍ مقأمی رنگ۔یتھ پأٹھۍ بخشان۔

آو بہار بول بُلبُلو

سون وولو بریو شأدی

کاوٕ قُمیر وُچھ پوشہٕ تۄلو

آو نالان زَن فریأدی



ارنی کھرشہٕ مژ نکھس پیٹھ دأن پوشن

دپُن جافُر گلابس چھنہٕ پوشن

یمبرزل ہا یہٕ گأمژ برگِ کوسم

دپُن کوتاہ زٕرِتھ ہیکہِ چشمہٕ لوسم

ودن پمپوش آسس چشمہٕ لوسن

تمِس شمشیر ہیتھ گوو لار سوسن

سپُن رو زرد سۄنی پوشن سبٹھاہ ہور

کوٚنگن وُچھ پونپر ے روٗ زِتھ گیس کھور



وبۄار   نأ گی   وتہٕ   لارے

نژکہِ   تارٕ   پۄارے

مہالشہِ   کِنی   یمائیو

ہرموکھ   وٕنی   دِمائیو

گنگہٕ   بل   یُن   چھُ   آدن

ژھانڈٕ   تھو   رامہٕ   رادن

یہِ مثنوی چھےٚ کاشُرِ ماحولچ تہٕ تمدنچ نمایندگی کران۔ اَمہِ کنہِ لفظن، واقعن ، استعارن اندر چھُ سانہ تمدنک رنگ پریڈان۔ مثنوی منز چھُ جنگک ماحول تہٕ مأدانہِ جنگچہِ منظر کشی مقأمی رنگک لباس لاگنہٕ آمُت۔ مثالے

کوٚڈُن ترکش زِرٕ جبہٕ جامہٕ تمُی وٕلی
نکھس پیٹھ ہیتھ کمانا دژاو ٹلی ٹلی

أچھن پھش پھش دوان لاریو یودس آو
کھیٚلس منز باگ زَن پادر ہہا ژاو

رٹن یس تس ژٹن سرزن کپُر تھان
کرن پارے دُبارے تس نسأ جان

وُچھن یس تس بُچھن أژدرھون جان
ژلن یُس تس وَلن زَن مارِ پیچان

ستن دوہن ستن راٚژن کوٚرُکھ جنگ

دِتھ پاتالہٕ پٔدی آکاشہِ کٔنی ہنگ

وہاب پرے حاجنؔی ، لکھمن جو بُلبُل تہٕ امیر شاہ کریریؔ چھِ فارسی شاہکار رزمیہ مثنوی ین کاشرِس منٛز ترجمہٕ کران۔ وہاب پرے چھُ فردوس سٕندِس شاہنامس کاشرِس منٛز ترجمہٕ کٔرِتھ اتھ اکھ اہم کارنامہٕ انجام دِوان۔ وہاب پرے چھُ شاہنامس منٛز پننہِ قومکی خدوخال اکہِ نتہٕ بیٚیہٕ رنگہٕ پیش کران۔ یوٚ دوَے ''شاہنامہٕ'' ایرانی تہذیبک تہٕ ثقافتک ینم توارِیخی بیان چھُ مگر وہاب پرے چھُ شاہنامس منٛز کٔشیرِ ہِندِ تہذیبک ، ثقافتک ، کاشرِ ہن عقیدن تہٕ سوچن تراین تہٕ کلہم پاٹھی کٔشیرِ ہِندِس پوٚت منظرس تتھہٕ کٔنی پیش کران زِ پرن وألِس چھُ کاشُر مقامی رنگ اَچھن بروٚنہہ کنہِ جلوٕ گر سپدان۔

چون سوسن بہ سوسن بہم رنگ اَسی

کران سوسنس ستی تم جنگ اَسی

وولو سوسنو کمی ژٔے کوٚرنے یہِ رنگ

کوٚ چھُکھ ژٕ دِل تنگ بالاے سنگ

چھُ ہرکانسہِ اتھ سوسنس باج دیُن

کلس سارِنے سوسنگ تاج دیُن



رٕٹے جاے اُلس اندر کوترن
نکھس تے پکھن واش کوٚ ڈشہ پرن



گربدن باکبوتر کرن دست زور
کبوٗتر کھٹِتھ روٗد در تیرِ گور
گربدس اُسی دأرِتھ پتے آو شال
بہ صحرا مۄرِ کوترن پروبال



لونان اُسی تم گاسہٕ زن وٕلی وٕلی
ونان اکھ أکِس یتھ نہٕ چھپنی ژلی

''شاہنامہٕ'' یوٚ دوَے نہٕ ساںہٕ سرزمینُک چھُ مگر وہاب پرے حاجنی
چھُ کٔشیرِ ہندِ مأری منزٕرک تہٕ بول بوش کرونٕن جاناوارن ہُنٛد تذکرٕ کٔرِتھ
کٔشیرِ ہُنٛد مقأمی رنگ یتھہٕ پأٹھی وۄتلاوان ے

صبح پھوٚل تہٕ کوٚستوٗری ژُل کریکہٕ ناد
قُمری دردِ دِل کوترس پووِیاد
سرِ شاخ ژُل بُلبُلو ہاے و ہوٗل
تمے لولہٕ لگی بولہٕ نے پوشنوٗل

مثنوی منز چھُ رزم گیچ منظر کشی یتھ بیان کرنہٕ آمُت ے

زِ گورزٕ و کمان وزِ شمشیر و تیر
کوٚرُکھ پانہٕ وأنی سبٹھاہ دار وگیر



بہ کثرت پیٚوان کلہٕ یاران زَن
نتہٕ ہرٕدکی ڈوٗنی ہاران زَن
زِ گورزٕ بہ گورزٕ وسان نار اوس
سُہ مأدان زَن کھاڑٕ بازار اوس
اکی تیٖر پیٚو لِو ہوٚت ڈوٗن زَن
ژلان گُرتہٕ مہران ڈولان ہوٗن زن
رٕنگٕو تژوو کمخابہٕ ہیے نیلہٕ آب
بنگری رنگہٕ کی ہنگہٕ أرگن گولاب

لکھمن جو بُلبُل تہٕ امیٖر شاہ کریری چھُ ''سامنامہ'' کأشرس منز پھران۔ مثنوی اگرچہ عشقیہٕ داستانہٕ ستی شروع چھےٚ گژھان مگر امیُک سوٗرے اندروٗن چھُ پُر خطر تہٕ پُر خوف ماحول بارسس انان تہٕ پرن وألس چھُ پزی اکہِ طرفہٕ عاشق معشوق سُند قصہٕ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ مأدانہِ جنٛگُک منظر لبنہٕ یوان۔ دوشوٚ ے مثنوی نگار چھِ أکی ہے اظہارس زیوٗ دِوان ۔ مثنوی ہندی کردار، واقعہٕ تہٕ ماحول چھُ کأشرِ ماحولچ مکمل عکأسی کران۔مثالے

کوٚڈُن شمشاد ہیوٗ تٔمۍ سروِ قامت
سُہ قامت سرو شمشادن قیامت
کمان وزمل تہِنٛز گگرایہِ ماران
شکارس پتھ وسان أسۍ تیٖر باران
(لکھمن جو بُلبُل)

سبٹھاہ تتھ اندر ہرنہٕ تے گورو شیر
شکارس پیٹھن گئے دلاور دلیر
بہ تیرو کمندو بہ شمشیر و زور
رٹکھ ہرنہٕ مأرکھ سبٹھاہ شیر و گور
(امیر شاہ کریری)

مذکوٗر مثنوی نگارو چھِ جنکنا من منٛز باغٕچ منظر کشی، کشیرِ ہنٛدٕ بن مختلف پوشن تہٕ جاناوارن ہنٛز ذکر کرِتھ کأشرۍ جذبات تتھہٕ پأٹھۍ وو تلاوۍ متی زِ یمن منٛز چھُ کشیرِ ہُنٛد اکھ اکھ ذرٕ رقص کران نظر گژھان۔

چمن بٔرۍ برۍ گلن ہنٛدۍ رنگ برنگ
تھرٕ بن پیٹھ بولہٕ ونی بُلبُل خوش آہنگ
پکہٕ وٗن آب جوین آبِ زمزم
تتِکۍ چشمہٕ کران أسۍ کوثرس زم
وُچھِتھ سۓ بُلبُل گل لأگۍ پامن
گلو دیُت چاک جامن تا بہ دامن

وڈان تَس خونکے دلہٕ چشمہٕ ڈیشم

گلالہٕ زَن یمبرزل چشمہٕ دو چھم

چھُ بومبرژے یمبرزلہ ہُند تمِس داغ

چھُ طوطی شکرس چائِس سُہ ہیتھ زاگ

چھُ بُلبُل چانہِ گلزارُک تمِس شوق

چھُ قمری چانہِ سروُرُک نالی تس طوق

(لکھمن جو بُلبُل)

امیر شاہ کریرِیؔ ہنِدِس سامناس منز چھِ مقامی رنگٕ خوش بوے

یتھہٕ پاٹھی کاڈ کڈان

| | |
| --- | --- |
| چمن در چمن پھوٗلی ہتمن گُل بباغ | زِ سورخی گولابس پیوٗمُت اوس داغ |
| گولابو مژ رمُت ز روخ بو نقاب | بنفشہِ پیوٗمُت اوس در پیچ و تاب |
| دِون جلوٕ از ہرطرف ریگ پوش | سُہ قمری تہٕ بُلبُل کران بول بوش |
| کرن پوشہِ نوٗلن اَسی خنیا گری | چھکن موہر صد برگ تے جعفری |
| یمبرزل تہٕ شاخ یمبرزل وُچھن | اشارٕ تہِ گونستہِ تے دون اُچھن |
| مسکی کھاسی زن چھِس لبالب بُرتھ | گُمژ مَس تمہٕ علم جودوٗ پرتھ |
| کلمن پیٹھ کران اَسی قُمری سوٗروٗد | گُلن پیٹھ پرن اَسی بُلبُل دروٗد |
| گنڈِتھ آسہٕ ہوٗل ٹیکہٕ بٹنہٕ نژان | سو کرا لس گل ٹوٗربن اندر وبژان |

امیر شاہ کریرِیؔ چھُ پننس جنگناس منز کشیرِ ہنِدِ بن مختلف موٕ

ذٲژن ہُند تذکرٕ کرِتھ نہ صرف کٔشیرِ ہُند جغرٲفی صورتحال بروٗنہہ کُن انان بلکہِ کشیٖرِ ہنٛدِس تمدنی تہٕ ثقافتی میراثس ییتھٕ کٔنۍ زبو دِوان

قدو سرتہٕ شاہانہٕ ، انبرتہٕ ناکھ سفرقند ، ذرٕ ہام ، کشمش تہٕ واکھ

جگرداٗن ، بمہٕ ژوٗنٹھ ، نارنج خاص ژٕنٛنی ، ژیٖر ، اولچہٕ ، توٗت وگلاس

جنگ نامن منٛز چھِ استعارٕ تہٕ تشبیہہ کاشُرِ ماحولہٕ تہٕ کاشُرِ کلچرِ مطابق ورتاونہٕ آمتۍ ۔ مثالے روپہِ کمور، موختہٕ ژھیۓ ، مَس کھاسہِ ، کالہٕ شہمار ، زالہِ امار، لعلِ مرجان، اُچھ گاش ، گلِ پامن لگنی، گلن ہُند چاک جامن دیُن ، ٹکچ ہیر، گل اندام، راحتِ جان، سنگ مرمر، جنٛتچ حور، مشکہِ عنبر، برگِ لال، قندٕ پھٔلی دندٕ مالہٕ، خوش آہنگ بیترِ لفظن ، ترکیٖبن ، تشبیہن تہٕ استعارن منٛز چھُ کٔشیرِ ہنٛدِ پتھ کالک تمدنی تہٕ ثقافتی میراث ژھراونہٕ آمُت ۔ مثالے

پشُس تتھ موختہٕ چی ژھیۓ سوٹکچی ہیر لبن عُری ٔمتۍ جواہر تہٕ ڈبن ہیر

زِ سنمبل دست بستہٕ کارِ پٔتۍ مست کمند گردن آہوے سرمست



وُچھن یُس تَس بُچھن زَن کالہٕ شہمار

گِلس یَس کر دِلن تس زالہِ امار

کنن دُردانہٕ زَن شبنم بہ نسرین

ووزٕلی وُٹھ جان مرجان لعل رٕنگین

مکرر قندٕ پھٲلۍ تَس دنہٕ مالے

ہیے وانن اندر زن برگِ لالے

شمع گردن شبس منز شعلہٕ دیوان

وزان ڈیشتھ شمع راتس چھُ ریوان

(لکھمن جو بُلبُل)

مذکورٕ مثنوی نگار چھِ رزم ہِنٛز کیفیت ، امیُک خوفناک صورتحال تہٕ

میدان لالہٕ زارُک نموٗنہٕ پیش کٔرِتھ اَتھ کاشر رنگ ییمہِ آیہِ بخشان ۔

یوان آسہٕ از ہو اپِل زَن پوان ترٛٹھ

گُلن کینٛہہ ، کینٛہہ ژلن کینٛزٕن گرشھان پھرٛٹھ

وٕستھ آو تورٕ ، دٲرِنی یورٕ خنجر

زٕ اڈ کٔرۍنس برابر پارے تاسر

روٗٹُن بیا کھا تہٕ کڈنس موٗلہٕ گردن

بیٚیس شمشیر لاٚین شیرِ مردن



کوکر سینٛچ وڈٕ رتس سینہٕ تے وُچھ   کرٛھہٕ وال آسی ہاپتھ نارٕ گے کچھ

سو بڈ یڈ عید گاہاہ تَس کمر کوہ   مندل تتھ دوٗر روٗزِتھ کوہ برکوہ



کلس پٹھ ہنگ زان رائِل پلس پٹھ   لنگوٚٹھی لنگ وزٕ امتی رائیلس پٹھ

زٔل موکر یڈٕ زالا رٲلین تل    بچھ تتھ اٲلی کرٕ مٔتی ماکنو کھل

(لکھمن جو بُلبُل)

کوٚرُن حملہٕ تَس کرشتس پیٹھ چوشیر

اکے ضربہٕ موٗرُن سُہ دیوِ دلیر



تِتھی زٕلی تِتھی لٔہی زٔلن یِہہ وُچھِتھ

نتے یِتھ کنن مُہی زٔلن دِہہ وُچھِتھ



اٚکِس گورزٕ کُے دَب دِوَن بوکلس

پوٚن بوسہٕ بیٚیہٕ کِس دِون بونلس

یِیمِس دیوٕ ہے اوس لایان سُہ گورزٕ

گرٕھن ریزٕ تَس تو سروبال و برز

(امیر شاہ کریری)

غرض سو لولہٕ مثنوی اٲسی تَن یا جنگنامہٕ، مثنوی نگارو چھُ کٔشیرِ ہُنٛد تہذیب وتمدن، یِیتیٚک اوٚند پوٚک، پوشہِ زاٲژ، موٗ ذاٲژ، مختلف قسمکۍ جاناوار تہٕ جانور، کٔشیرِ ہُنٛد پُر فضا ماحول، جنگل پہاڑ، مأدان، ناگ کٔشیرِ ہندِ بن آرن تہٕ کولن ہُنٛد ہوٚ بہوٗ نقشہِ تہٕ حالات پننین مثنوی ین منٛز پیش کٔرِتھ کاشُر ماحول چھ بر پور عکاسی کرٕمژ۔



